# اُصولِ سیاست



مصنّفہ
منظور فاضلی

شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# کلیۂ سیاست



مصنف

منظور فاضلی

شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سرینگر

●

لیکھنُک ؤرۍ : سنہ ۱۹۷۳ء

چھاپُک ؤرۍ : سنہ ۱۹۷۴ء

گوڈنیُک چھاپ : ۲۰۰

مول : ژور روپیہ

پریس : مرکنٹائیل پریس سرینگر

●

میلنُک پتاہ

ونہ گام بنڈپور کشمیر

# فہرس

# تعارُف



عزیز منظورٕ فاضلی صأبن چھُ یہ رِسالہٕ لیکھتھ کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد دامن واریاہ وُسی کورمُت، تکیازِ یہ موضوٗع چھُ سُہ یُس تہٕ کاٗنسہ مولوٗم آسنہٕ باوٗجوٗد مولوٗم چھُنہٕ۔ سیاست چھےٚ دراصل اِنسانہٕ سُنٛز روزمرِ زندگی ہٕنٛدۍ تجربہ، یِم تجربہ ووت انسانَن واریاہ کال کران۔ یِمنے تجربن ہٕنٛزِ روشنی منٛز چھُ سُہ اکھ تیُتھ سماج قائِم کرنٕچ کوٗشش کران۔ یُس تِمس سازگار آسہِ۔ ییٚلہٕ نہٕ یہ سماج چھُ تِمس حسبِ مُراد بنان، سُہ چھُ اَتھ خلاف یا تہٕ نَہ وانہٕ بغاوت کَران، یا اگر نہٕ حالات بغاوت کرنُک اِجازتھ دِن تیٚلہ چھُ سُہ پننِ محروٗمی ہُنٛد حال" درحدیثِ دیگران" وَنان۔ کوشُر لفظ چھُ اَمہِ خأطرٕ "زُرکہٕ"۔ یِم زُرکہٕ چھےٚ شأیری منٛز، لطیفن منٛز، محاوراتن منٛز، پأٹھرن منٛز، داستانَن منٛز لَبنہٕ یِوان تہٕ یِم زُرکہٕ چھےٚ اَکہِ وَقتہٕ سون سُہ ادبی سرمایہٕ بَنان۔ یِتھہٕ نہٕ گُنہٕ جَبایہ جواب چھُ۔

منظوٗرٕ فاضلی صأبن چھےٚ یہ کتاب لیکھتھ پرٛانہٕ وَقتہٕ بیٚٹھ

اُزِ کِس زمانُک تام اَدبُک مختلف اصنافٕ ژارِتھ۔ یِمَن ہِنْد توٗلُک لوٗکن سٕتۍ چھُ۔ Folk چھُ انگریزی لفظ۔ اَتھ نِسبَتھ چھُ وَننہٕ یِوان زِ اَمیُک مُصنِف چھُنہٕ معلوٗم آسان، میٚشانہٕ خیالہٕ گژھِ اَتھ رٕژھ ہیٚتھ وُسعَتھ دِیُن، یِتہٕ تہٕ سوروٗے گژھِ Folk ادب مانُن، یُس لوٗکن اندر مقبوٗل آسہِ۔ اَمی موجوٗب چھُ میٚشانہٕ خیالہٕ یِتھ کِتابہِ اندر یِتہٕ سوروٗے جمع کَرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ یہٕ لوٗکن ہٕنٛزٕ زبوٗن پیٚٹھ چھُ۔ یہٕ یُس لوٗکن ہِنٛدِس سیاسی شعورٕچ ترجمٲنی کران چھُ۔

اَکہِ بجرٕچ آیہِ مےٚ کمی بوزنہٕ۔ تم گٔے سالاب نامہٕ۔ کٔشیرِ چھُ دوٚہے وسعت ڈراگ، ماگ تہٕ ہیٚپ۔ توٚے چھ کٲشرِ زبٲنی اندر سالاب نامہٕ بڑٕ عالی شان لیکھنہٕ آمتۍ۔ اگر یِمَن ہُنٛد تذکرٕ تہٕ آسہِ ہے سٕدٕمت، کٔشیرِ ہِنٛدِ سماجی پہلوٕچ آسہِ ہے مکمل عکاسی سپنہٕ مژ تہٕ یہٕ کِتاب تہٕ روزِ ہے بہر رنگ مکمل۔ مےٚ چھےٚ وومید زِ یہٕ کِتاب سپدِ مقبوٗل تہٕ یِیہِ واریاہ یٔمیُک دوٚیُم ایڈیشن چھپہِ، تِتھ اندر آسہِ یہِ کمی پوٗرٕ آمٕژ کرنہٕ۔

میر غلام رسول نازکی

# پیٚش کتھ

لُکہٕ سیاست چھےٚ تواریخ ہٕنٛد بروٛنٛہہ کُن پیش۔ اَتھ موضوعس

پیٹھ لیکھنُک خیال چھُ مےٚ جناب پروفیسر ظہیر احمد قریشی صأبَس (صدر

شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی) نِشہ حأصِل گوٚمُت۔ بہٕ اوسُس

سنہٕ ۱۹۷۱ء منٛز تِمَن نِشہ ریسرچ کِس سلسلس منٛز موضوع ژاران، یِمیٚلہ یِتھ

آو زیرِ بحث۔ شےٚ کوٚر ریسرچ کرنہٕ خأطرٕ بدل موضوع مُشخص۔ کینٛہہ

کال گژھِتھ باسیوو مےٚ زِ بہٕ ہیکہ اَتھ موضوعس پیٹھ تہٕ لیکھنُک

دٕسلابہٕ کٔرِتھ۔ یِمیُک نتیجہ یہٕ کتاب چھےٚ۔ بہٕ چھُس قریشی صأبُن شکر

گُذار زِ تِمَو کرنوو مےٚ بہٕ ریسرچ کرنہٕ خأطرٕ رجسٹر تہٕ دُنی کین چھُس بہٕ یمیس

موضوعس پیٹھ یِمنےٚ سیتۍ تحقیقس کُن لوٚگمُت۔ یِمَو چھیٚژ مےٚ تحقیق کرنس

کُن مأل۔ قریشی صأبُن خیال چھُ زِ یہ کتاب گژھِ انگریزی یس منٛز تہٕ چھاپہٕ

سپدٕنۍ۔ وومید چھَم زِ تِہنٛز یہٕ خأہِش تہٕ سپدِ سیٹھا جلد پوٗرٕ۔ انگریزۍ یس

منٛز یہٕ کتاب لیکھنٕچ کأم چھےٚ مےٚ دردست نِمٕژ۔

کتابِ ہِنٛد موضوع دٕچھِتھ گژھَن میٲنۍ پرَن وٲلۍ حأران زِ یہ لُکہٕ

سیاست کیاہ گیہ تہٕ یہٕ محاورٕ کیتہ دٔراو۔ کتاب پٔرِتھ یوٚد تِمن کیٚنژن سوالن
جواب حاصِل گژھن مگر تو تہٕ روزن تِھندٕ کینہہ سوال جوابہٕ بغٲر رٲرِتھ
کھوتہٕ یِمن پٔرن وول حاران گژھ سہٕ چھُ علم سیاست زانن وول۔ سہٕ
کرِ اَکھ اہم سوال زِ لُکہ سیاستُک تصورٕ کتھ پولیٹکل سائینسچہ کتابہ
منز چھُ۔ تکیازِ یہ چھُ اَکھ نوٚو تصوُر۔ علم سیاست زانن والین کرٕ ہ
گزارش کہ تم لیکھن مےٚ پرٕنہ پتہٕ زِ وُنی کیٚن کس علم سیاسیاتس منز
منز ہیٚیلہٕ علم نفسیاتُک تہٕ انسانیاتی علمُک اثر آسہٕ، تیٚیلہٕ گیاز ہیکہ
تہٕ یِتھس موضوعس پیٹھ تحقیق کٔرِتھ لیکھنہٕ۔

یہ کتاب لیکھنس منز چھس بہٕ واریاہن دوستن تہٕ رفیقن ہُند
شُکر گذار یِمو مےٚ عملی مدد دِیت۔ یِمن ہُنٛد بہٕ خوصوصی شُکر گذار چھس
تِمو منز چھ بامبرادکی (تحصیل بیروہ کشمیر) رتھم پاٹھر کرِ یمو مےٚ پاٹھرن منز
مُتعلق تمام معلومات بہم کرِ۔ تِمو منز چھ (۱) جناب غلام احمد بٹ (ب)
خواجہ مختہ بٹ (پ) جناب عبدالخالق بٹ تہٕ (ت) خواجہ ولی محمد بٹ
قابلِ ذکر۔

اَمہ علاوہ چھس بہٕ گورنمنٹ کالج سوپور چ لائبریری ہِندس
جناب محی الدین دانی صاحبن (لائبریرین) تہٕ غلام حسن کبابی صاحبن
شُکر گذار زِ تِمو تراوٕ تمام لائبریری ہِندی درواز میانہ خاطرٕ یلہ۔

بہٕ چھُس پننہِ بیاکنہِ پادشاہ بیگمہِ ہُندٕ شُکر گُذار یمِس ژٕ شہ
مےٚ کینٛہہ وَنہٕ وُن بوٚزِتھ یتھ کِتابہِ منٛز درٕج کرٕو۔

یوٚدوٚے میٚشیانہ دستہٕ کاٹرِس تارٕیخس یا کلچرس مُتلق کُنہِ اثر
واتُن نیرِ اکھا اندر چھنہ میانٕی علمی قابلیتھ تیٖژ ہاوٕنی باوٕنی لایق
یوٚت مےٚ پننِس ماٚلِس ماجہِ ہُندِس دُعا مُستجاب آسہٕ رووُمت ٲسِس
تِم مےٚ لوٚکہٕ چارٕ پیٚھٹ کران چھہ روٗدی رہتو۔

پروفیسر حاجنی صاٲبُن تہٕ چھُس بہٕ سیٹھا شُکر گُذار زِ تِمو بوٗزِ یہٕ
کتابٕ تہٕ مےٚ دِتُکھ رُت مشورٕ۔ یمہ موجوب یہِ لو کُن بڑوٹھ کُن ترٲونی
لایق گیہٕ۔

بہٕ چھُس نازکی صاٲبُن شُکر گُذار زِ تِمو کرٕ یتھ کتابہ نظرِ ثانی تہٕ
تصحیح کرنٕہ پتہٕ لیوٗکھٕک تعارُف۔ نازکی صاٲبنہ تعارف لیکھنہٕ پتہٕ
کوٚر مےٚ "سیلاب" نامہ تہٕ یتھ کتابہ منٛز شامل۔

۱۹۷۴ء

منظور فاضلی

(دنہ گام باندی پورہ کشمیر)

# لُکہ سیاست

پرتھ کانٛسہ سماج چھُ اکس خاص سیاسی ہانکلہِ ہُنْد پابند

آسان ۔ آدمہ سُنْد تھَنہٕ پیٹھٕ پیٹھٕ وُنیتام چھُ ہر ہمیشہ اکس نَہٕ

اکس ہانکلہِ گنڈتھ رودمُت ۔ کُنہ وِز اوس سُہ اکس بادشاہ سُنْد غولام

تہٕ کُنہ وِزِ اکس ظالمہ سُنْد تہٕ وِز وِزِ آے حاکم تہٕ گئے حاکم اما پوز

یہِ سیاسی ہانکل گییہِ نہٕ انسانس نِشہ بیوٚن ۔ تورے چھُ وُنی کینہہ کس

زمانس منٛز تہٕ انسان امی ہانکلہِ گنڈتھ ہانکوہٕ یوان ۔ فرق چھُ صرف

یہِ زِ وُنی کینہہ چھہ لوکھ پانئے پننہِ خاطرٕ سیاسی نظام ژھاران تہٕ قائم

کران ۔ ژھارُن تہٕ ژارُن چھُ وُنی کینہہ یہُنْد حق ۔ پتھ کالہ اوس نہٕ ۔

وُنی چھُ سوال زِ آخر سیاسی نظام کیاہ گو ؟ اتھ سوالس

چھُ باقیو علاوٕ پروفیسر رابرٹ دال جواب دوان زِ یہِ چھُ سُہ انسانی رِشتہ

یتھ منٛز دوٚن چیزن ہُنْد آسُن ضوٗروٗری چھُ ۔ اکھ یہِ زِ کانٛسہ ہُنْدِس

اتھس منٛز چھُ اقتدار تہٕ دوٚیُم یہِ زِ تمِس چھُ لوکن پیٹھ حکومت کرنُک

طاقتھ ۔ یہِ تاریف چھُ اما پوز سیٹھا وسی ۔ امہِ تاریفہِ موجوب چھُ

مختلف ادارٕ ہوٚزوٚن ہشِز جماژ، مذہبی تنظیمہٕ، شہری ادارٕ تہٕ کُمبہٕ تام
سیاسی تنظیمہٕ بنان۔ اما پوٚز ہیوٚ مُژ ہیکن نہٕ کینہہ سیاسی تنظیمہٕ تصوٗر
سپدِتھ۔ یہِ چھُ پزر زِ بیٚڑِتھ کُنہ ادارس منٛز چھُ کُنہ جایہِ سیاسی رشتہٕ
موٗجوٗد۔ کمبہ چھُنہٕ سیاسی تنظیم اما پوٚز اَتھ تہٕ چھُ کُنہ جایہِ سیاسی رشتہٕ
موٗجوٗد تکیازِ کانہہ کمبہ زیٚتھ چھُ پننین بچَن سیٚٹھا آزادی دِوان
تہٕ بیاکھ سیٚٹھا کم۔ پروفیسر رابرٹ دال چھُ اَوے موٗجوٗب سیاسی
تہٕ اقتصادی نظامن ہیٚتھ کُنہٕ رشتہٕ قایم کران۔

| سیاسی تنظیم | اقتصادی تنظیم |
|---|---|
| اکھ جمہوریت ہیٚکہِ | اَکھ سرمایہٕ دار نظام آسِتھ |
| اکھ جمہوریت ہیٚکہِ | اَکھ سماج واد نظام آسِتھ |
| اکھ آمریت ہیٚکہِ | اَکھ سرمایہٕ دار نظام آسِتھ |
| اَکھ آمریت ہیٚکہِ | اَکھ سماج واد نظام آسِتھ |

اَمیُک مانے گوٚو زِ اکھ جمہوریت ہیٚکہِ اقتصادی طور اکھ سماج
واد یا سرمایہٕ دار نظام بنِتھ۔ یِتھے کُنہٕ ہیٚکہِ اَکھ آمریت تہٕ اقتصادی
طور اَکھ سماج واد یا سرمایہٕ دار آسِتھ۔

اَما پوٚز یُس تہٕ سماج آسہٕ شہ ییٚمہٕ قسمٕچ سیاسی ہانکلہٕ تہٕ وٕلیتھ
آسہٕ شہ چھِ سیاسی طور رابرٹ دال تہٕ وَننہٕ کینٛژن خاص حصَن منٛز

تقسیم سپدان۔ سماج وادی نظامک پرستار چھِنہٕ امہ قسمچ تقسیم قبوٗل کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ یوٚت تام جموٗہوٗری طرز حکوٗمتُک توٗلُق چھُ تتہٕ چھ رابرٹ دال اکس سماجس یتھہٕ کٕنہ تقسیم کران:




صاحبِ اقتدار چھِ تمہٕ سیأسی طبقُک یُس لوٗکن پیٹھ حکوٗمت کرنُک طاقتھ چھُ تھاوان۔ طالبِ اقتدار چھِ تم لوٗکھ یِم اقتدارس پیٹھ چھِ قبضہ یژھان کرُن۔

سیاست کار چھِ سُہ لکہٕ جماعت یُس کُنہ نتہٕ کُنہ طریقہٕ سیأسی رشتہٕ قائم چھےٚ کران۔ امیُک مانے گوٚو زِ یِم لوٗکھ چھِ مختلف طریقو ذریعہ سیأسی فأصلہٕ نِنس منز شریک سپدان۔ غأر سیأسی طبقہ چھُ بوٚڈ ہیوٗہ طبقہ۔ امِچ خصوٗصیت چھےٚ یہ زِ یِم چھِنہٕ سیاستس

سیٹھہٕ کانٛہہ دلچسپی تھاوان۔ یہ طبقہ چھُ سیاستہٕ نِشہٕ بے دل آسان۔
اَمہ بے دِلی ہُنٛد چھُنہٕ یہ مطلب زِ یتہٕ کیاہ چھُ یہ غاٚر سیاسی طبقہ
نٲر شوٗعوٗری۔ پَزر چھُ زِ اَمہ طبقکہ لوٗکھ تہٕ چھِ سیاسی معاملن مُتعلق
احساسات تھاوان۔ تِم چھِ اَکِس سیاسی نظامس منٛز پابند تہٕ تِمن
تہٕ چھِ سیاسی احساسات۔ تِمن منٛز چھےٚ اَکھ کمی ضروٗر، سُہ گوٚو سیاسی
عمل۔ یِمیلہٕ کانٛہہ سماجی طبقہ سیاسی عملہٕ نِشہٕ ژلان چھُ تہٕ ژٕ لہجہ
تہٕ چھُ سیاسی احساسات پننہٕ زبانہِ ہُنٛدی ذٔرکہ یہ بۄدوٗنہہ کُن تراوان۔
تتھہ وَنہٕ بیہٕ زِ سہ گیہ لُکہٕ سیاست۔

اَما پوٗز یہ لُکہٕ سیاست کُس رنگ چھےٚ پیش کران۔ یہ چھا
صاحبِ اقتدار، طالب اقتدار کنہٕ سیاست کارن ہُنٛز ترجمانی کران
ہرگاہ یہ یِمو طبقو منٛز کُنہٕ تہٕ طبقچ ترجمانی آسہ کران۔ تیٚلہ ہیٚکہ نہٕ
یہ لُکہٕ سیاست آسِتھ تِکیازِ تیٚلہ چھُ یہ پروپیگنڈا۔

یِیِلہ کُنہ ساعتہٕ لُکہٕ سیاست صاحب اقتدارن ہُنٛز ترجمانی
کرِ تہٕ یہ آسہ پروپیگنڈا ہیکُن اَتھ تیٚلہ چھُ لُکہٕ سیاستس تہٕ
بالائی طبقچہ سیاستس پانہٕ وٲنی واٹھ۔ مثال چھےٚ زین العابدین
صابنیو حکومتُک تہٕ اقتدار۔ سُہ اوس نیکہ تہٕ رعایا پرور بادشاہ تہٕ
تَوے گوٚو غاٚر سیاسی طبقس یہ احساس زِ سُہ گوٚو ژھُہ لُکہٕ سیاستس

منٛز مشہوٗر روزٕنۍ۔ سُہ چھُ دُ ذٕ کین تہٕ کأشرِس نٲشہٕ " بڈشاہ "

ہرگاہ صاحب اِقتدار ژٕوٗر ژھیٚپہ لوٗکن منٛز پننۍ پان پیٚور

کرنٕچ کوٗشش کرِ تہٕ پننہِ اثرٕ رسوٗخہٕ سیٖتۍ یا زور زبردستی سیٖتۍ

اَکھ منٛز کامیاب ییٚژھ گژھن تیٚلہِ چھُ صاحب اقتدار ژھوٗر تہٕ نتیجہ

نیرِ زِ تِمۍ سٕنٛد اقتدار روزِ نہٕ تِمۍ سٕنٛز بدلی ہیٚچھ بروٗنٛہہ کُن۔

مثالہِ پأٹھۍ چھُ پأتھرٕ گرِ ہُنٛد مغل پأتھریُس موغلن ہنٛدِس

حوٗکومتس پیٚٹھ سراسر تنقید چھُ۔

لکہٕ سیاستہٕچ یہٕ سہٕ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ سہٕ چھےٚ یہِ زِ

اَمیُک بأنی چھُنہٕ لبنہٕ یوان، یمہ پأٹھۍ نہٕ لکہٕ ادبُک وَنُن وول لبنہٕ

چھُ یوان۔ یہِ چھےٚ پیٚر در پیٚر پکان۔ یہِ نہٕ چھےٚ ہمی دٕرِچ کتھ نہٕ دلیل

تہٕ نہٕ پأٹھرٕ۔ یہِ چھےٚ پرأنی روایتی کتھ محاورٕ، دلیل پأٹھرٕ تہٕ

بیترٕ، تکیازِ صاحب اقتدارس چھُ یہِ غأر سیأسی طبقہٕ کھوژان۔

لکہٕ سیاست چھےٚ سماجس منٛز أندری نژان آسان یوٗت تام صاحب

اقتدار کُرسی پیٚٹھ چھِ روزان۔ یام صاحب اقتدار کرسی پیٚٹھٕ چھُ

محروم سپدان تام چھےٚ یہِ سیاست ٹاکارٕ پأٹھۍ نٕنۍ نیران۔

بیاکھ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ اَمہ سیاستٕچ زِ یہِ چھےٚ حقیقی سیاست

پیش کران۔ تکیازِ یہِ چھِ شوٗد سیأسی احساس۔ جموٗہوری طرزِ حوٗکومتہٕ

اُسوٗتٕ یا سماج واد نِظام حکوٗمَتھ۔ بالاۓ طبقہ چھ پننہٕ حکوٗمَتھ
جان زانان۔ توٗکھ یوٗد یہ بے اِنصاف حکوٗمتھ زانِن تیٚلہِ چھ تم پننہ
زبانِ منٛز اَتھ کمہِ قسمک موڑ دِوان۔ موجوٗدٕ وقتس منٛز چھ گوکہ لفظ
اَنجم ترجمانی کران۔

اَدٕ پتہٕ چھُ یہ سوال پاٗدٕ سپدان زِ اَتھ لگہِ سیاستس کُس
ذٕرٕی یہِ چھُ یتھہ کنہ یہ درینٛٹھ چھُ یوان زِ لکہٕ رس چھُ لگہ سیاستک
بہترین ذٕرٕی یہ۔ تکیازِ لکہ رس چھ اَمہ بوٗنی مہ طبقچ سماجی، اخلاقی
اقتصادی تہٕ بیترِ احساس پیش کران۔ اَما پوٗز سیاسی احساس تہٕ
چھُ توٚتِ نِشہ موٗجوٗد۔ لہازا چھُ شہ تہٕ اَتھ لگہ رسس منٛز موٗجوٗد
آسان۔ لُکہ رسس تہٕ چھےٚ یہ خوصوٗصیتھ زِ اَمیک نہ چھُ بناون وول
تہٕ نہ بناونک وقت لبنہٕ یوان۔ اَمیک پزرتھ کانہہ حِصہ چھُ اَسہ
نِشہ رِوایتَن واتان۔

سیاسی رِشتچ بٔڈ خوصوٗصیتھ چھےٚ زِ اَتھ رِشتس منٛز
گرٛزھ اِقتدار تہٕ حکوٗمت کرنک توٗلق ضروٗر آسُن۔ لکہ سیاست
چھا یہ رِشتہ قائم تھاوان کنہ نہ زِ لکہ سیاستس منٛز چھنہٕ اَمہ قسمک
کانہہ شیوٗد توٗلُق۔ اَما پوٗز یہ چھ صاحبِ اِقتدار، طالب اقتدار، تہٕ
سیاست کارَن مُتلق پننہٕ خیالات تہٕ احساسات پیش کران اَوے

موجوٗب چھُ یہِ تہٕ سیاسی تولُقس سیتؠ واتھ لبان۔

کأشُر سماج تہٕ چھُ اکھ شہ سماج یُس گوڈٕ پیٹھہٕ سیاسی ہالن ہُنْد پابند رووُد۔ کأشرِ تہٕ وُچھ واریاہ سیاسی ہنگامہٕ۔ ظالم بادشاہ تہٕ وُچھکھ تہٕ نیک تہٕ رحمدِل بادشاہ تہٕ آسکھ۔ آمریت تہٕ وُچھکھ تہٕ جموٗہوریت تہٕ سٕرکھ۔ کأشرس سیتؠ اماپوٚز رووز کأشرِ سٕنز زبان تہٕ یوہے لکہٕ رسہٕ سیتؠ برابر چھے۔ اَتھی لکہٕ رسس منٛز چھے اَتھ سیاسَت، ییٚتھ شاید کُنہ تہٕ ترقی یافتہ قومچہ زبانی منٛز ورینہٕ ییہِ۔

کأشرس لکہٕ رسس چھے اَسہ کیٚتھہ لٹھ، یمن بیٚون بیٚون سام ہنہٕ سیتؠ ہیٚکہٕ اَسہٕ لکہٕ سیاسَتُک لُب لُباب حأصِل کٕرِتھ۔ توٗرے کرو اَسہٕ یمہٕ والین صنفن منٛز لکہٕ سیاسٕچ ترجمأنی۔ یمن لٹھن اَسہ خوٗصوٗصی طور سام چھے ہیٚتھ مژ تمن منٛز چھے لکہٕ کتھ، لکہٕ دلیلہ لکہٕ بأتھ تہٕ بانٛدہٕ پأتھر شأمِل۔

# لُکہٕ کتھ تہٕ سیاست

کتھ کُس چھُنہٕ کران۔ کتھ چھےٚ اِنسانس اشرف المخلوقات
بناوان۔ کتھ چھہٕ تم لفظ یم اَکھ شخص بێیس زیٚوِ سٟتۍ بولان۔ کأشُر
چھُ کتھ کأژ۔ سُہ چھُ شاید سارِنٕے قومو کھوتہٕ زیادٕ کتھ کران۔ دُنیا
یُس کتھ زیٚادٕ چھُ کران سُہ چھُ اَتھو کم کران۔ کأشرِس متعلق چھےٚ یہ
رائے صحیح باسان۔ سُہ چھُ اکثر نابد ٹنگن پیاران آسان۔ اَمہٕ قسمچ
رائے چھےٚ لارنس سٹنزٕ کتابہ وادی کشمیرس منز۔ رینچھ یوان۔ اکثر
بیرونی سیاح یمو کٲشیرِ ہندِس تہذیبس تہٕ ثقافتس پیٹھ لیوکھمت
چھُ، چھہٕ اَمیکو قأیل۔

بہرصورت کتھ چھےٚ وارِیاہ قسمہٕ۔ کینٛہہ کتھ چھہٕ اُسرِ بینِس
عیالس سٟتۍ کران، کینٛہہ گرٕ نیبر۔ کینٛہہ محلہٕ باجن سٟتۍ تہٕ کینٛہہ
گامہٕ بایَن سٟتۍ، کینٛہہ شہر باشن سٟتۍ تہٕ کینٛہہ اَفسرن تہٕ ماتحتن
سٟتۍ تہٕ کینٛہہ بُڈن تہٕ شُرین سٟتۍ۔ کتھ منز چھےٚ کھوتہٕ یہ نیران
زِ پرٕتھ کتھ ہُند چھُ اَکھ بٔیون مزاج۔ کأشر زبان چھےٚ تیژرے برٲدی

بۆت کأشُر چھُ یتہٕ کأشِر کتھ تہٕ چھےٚ کأشرِس سیٚتی زامٕژ۔ اَما پوٚز
ییٚلہِ کأشُر لٔکھنہٕ پیوٚ تمہٕ پتہٕ سیاست تہٕ کتھ دوٚ نوٚے ہٕشِیہ لٔکھنہٕ۔
مُشکل چھُ صرف یہ زِ ۔۔ لکہٕ سیاستِچ کتھ آیہٕ نہٕ لیکھنہٕ۔ کیٚنہہ کتھ
چھےٚ تأریخس منٛز یِرٕ گأمژٕ تہٕ کیٚنہہ چھےٚ سہلا بہٕ منٛز نیٚرِتھ اَسہ
تام واژمژٕ۔ یِمہٕ تہٕ کتھ اَسہ تام واژمژٕ چھےٚ تِمَن سام ہیٚنہٕ سیٚتی چھُ
یہ نَنان زِ کأشُر چھُ سیأسی طور ہمیشہ باشعور اوسمُت۔ اَما پوٚز کیٚنژ
داخلی تہٕ بیرونی وجوہات رٔٹہٕ اوس سُہ سیأسی مادانس منٛز
صرف بوٚنیِس طبقس سیٚتی وابستہٕ۔

ظُلمُ اَسِتھ تہٕ چھُ کأشُر ہمیشہ وفادار رُودمُت۔ تِمس
چھےٚ خبر زِ ریاست کِتھ کٔنہ چلہٕ تہٕ سُہ چھُ زانان زِ اگر ریاست ٹیکس
وصول کرِ نہٕ تیٚلہِ چھُنہٕ اَکھ ریاست چلُن ممکن۔ باسان چھُ زِ کأشُر
چھُ سیٚٹھا بٔروٚنٹھ ہیٚچھٕ ریاست کیٚن تمام مأملَن ہیٚٹھ نظر اوسمُت
تھاوان، ییٚلہِ سُہ یہِ وَنان چھُ "ییٚلہِ باج گوٚ تیٚلہِ برکت گےٚ" یا ہشکیٚ
مانے گوٚ زِ یوٚت تام نہٕ ریاست ٹیکس عائد کرِ توٚت تام چھُنہٕ ترقی ہُنٛد
کانہہ اِمکان۔ ترقی چھےٚ ٹیکسَن سیٚتی وابستہٕ یِوان کرنہٕ۔ یہ چھےٚ
لہٰذا اسہٕ کتھ یِمہٕ سیأسی اُصولَس ورتھناوٕنے کران چھےٚ۔

کُس کأشُر چھُنہٕ وزیر پُن ہُنٛد ناو زانان۔ سُہ اوس مہارا

رنبیر سنگھ جئین کشیر ہند خاطر وزیر مقرر کورمت۔ اَمہ سندِس
وقتس منز گئے کشیر پیٹھ وٕنی ناو۔ یہ سپیز اَمہ سند ظالمانہ رُویہ
سپتہ تہ بٔتیہ ناگہانی بلایہ موجوب۔ وباہ آو تہ سیٹھاہ لوکھ گئے
ہنہ وتہ۔ بارش سپیز تیتر زِ فصل ہیوکنہ وۄہ پدٕ تھ۔ یمیُک نتیجہ یہ
دراو زِ لوکھ موُدی بۄچھہ سۭتۍ کران۔ ہٕنزلہ تہ آیہ واریاہ تہ پرگنہ
کرٕہن تہ باقیچ زمین پھٹ۔ بھادرس منز ہیوٚ سنخ رۄد تہ شین
بادشاہس خلاف سپیز اکھ زِ سازش یمہ نشنگہ گییہ تہ کینہہ سازشی
آیہ پھانسہ دِنہ۔ ہیٹیہ لوکن پرتھ رنگہ تسبیز آیہ تمو مون وزیرس
منحوس حاکم۔ تتھس منز بنیہ یہ لکہ کتھ "وزیر زُلہ کشیر بلہ"۔ لوکن
ہنہ خیال اوس زِ یُس دود تہ دگ کشیر لار یومت اوس، سُہ ژٕلِہ
تورٕ تام یوت تام نہ وزیر پنن واپس گژھہ۔

اکثر تاریخ دانن ہند وَنُن چھُ زِ پرتاپ سنگھ چھُ بڈ نیک خصلتھ
بادشاہ اوسمت۔ دپان سُہ اوس پرتھ اکس دادرسی کران۔ اَمہ سندِس
وقتس منز آیہ کشیر منز عدالتہ قائم کرنہ۔ پرتاپ سنگھ صاٰبس نشہ
آو اکہ دۄہہ اکھ شخص شکایت کرنہ۔ وۄن تس زِ تمہ اُسہ کینہہ زیور
اکس سودرس نشہ گرو تھاوِمتۍ۔ یہ شخص اوس وۄنی رۄپیہ واپس
کران تہ سودرس اوس نہ پنُن زیور واپس دِتھان ہیتھ یوٚد سُہ پننہ کور

خانٛدر کرٕ ہے۔ سوٗداروس تٔمِس زیورٕن ہیٚب ہیوان۔ دُبان مہاراجن
ییٚلہ یہِ واقعہٕ بٔرکھر کوٗر تِمو ووٚن اُمِس شخصس زِ سہ پار سوٗد پرٛیشد
دُکانس پیٹھہٕ دوٗہ مہ دوہ ہیٚ۔ ییٚلہ دوٗہ مہ دوہ ہیٚ تہٕ یہِ شخص دُکانس
نِش دیچھ رۅد تہٕ مہاراج صاحب آیہِ نیٚک تِمو نوٗمرو وُگرٕ پیٹھہٕ کٔلہ تہٕ
وۅننٕ زِ اُمِس شخصس کُنِس تَل کیاہ تام۔ ییٚلہ سوداگرن یہِ وُچھ سُہ
گوٚ حیران تہٕ پریشان۔ بادشاہ ڈراو دوٗر پہن تہٕ سوداگر پوٚ اُمِس
شخصس کھوٚرن پیٹھہٕ تہٕ بٔیہ کرٕ ہُنس زیورات واپس۔ اُتھ پیٹھہٕ
چھیٚ کاشُر اکھ مثال بناومٕژ زِ "کیٚنٛہہ مۆتہٕ دِتھ کُنِس تَل نتم": امہ
سیٚتہٕ چھُ کاشُر یہِ کتھ واضح کران زِ سیاسی بلیک میل چھُ ممکن۔ کانٛہہ
کاشُر ہیٚکہِ نہٕ اَتھ کتھہِ اِنکار کٔرِتھ زِ یوٗت سیاسی بلیک میل کُنِس تَل
پننِہ سیٚتہٕ ممکن چھُ تیوٗت چھُنہٕ بیٚیہ کُنہِ طریقہٕ سیٚتہٕ ممکن۔

کاشرِن کرٕ اوسنہٕ بتہٕ بتہٕ۔ آسہہ کہ تہٕ کیا زِ پزٕ۔ پرتھ کانٛہہ
قوم یُس دوہ ہیٚ آسہہ غُلام روٗدمُت، تمِس گژھ تیٚسے حال آسُن یُس
اَسہ چھُ۔ کم کم ظالم چھِ سانہِ کشیرِ اکاد گامتہ۔ تِمو چھیٚ بٔیہ یہِ ونی
نادکرٕ مٕژ۔ تِمو چھِ سانی اسلاف گیٚن زانی ہیتہٕ۔ تِمو چھِ تِم ننگہ کرٕ ہیتہٕ۔
ظالمو چھِ لیکن پرتھ کانٛہہ چیز نِشہٕ تباہی کرٕمژٕ۔ راجہ اَنمتاونتی تہٕ
ہرگز ہیو بادشاہ تہٕ چھِ کاشرِ وُچھی ہیتہٕ۔ لیکن ہنز زندگی اُمیکھ ناممکن

بناوٕمژ۔ لیکن اوسہٕ نصیبہ نہٕ تم کھیہن بتہٕ کمٲیے کرِتھ۔ دان موٚٹھ
یوٚد حاصل کرِہن تیتھ اٰسکھ بتہٕ آسان۔ محکمہ مالُن اوس گنڈٕ کار
تُلمُت۔ لوٚکہ بتہٕ بتہٕ کرِہن نہٕ تہٕ ادٕ کیاہ!

ظالمَن ترٛووِنہٕ یہ کوشر ز انتہٕ۔ یرٛتھ وِزِ چھُس پتے ترٛیہ
نہٕ کرِہس۔ نم تہٕ زٕ لِہس۔ بجلی تہٕ ترٛاوِ ہکھ تہ چھیکرس وِنہٕ بہ یہ زٕ کیشاہ
کوٚرہکھ نہٕ! اَوَے موجوٗب رٛود کاشرس بتہٕ بتہٕ دوہ ہے۔ مگر یہ بتہٕ
نہٕ دِنہٕ ہوکِنہٕ نکیا زٕ اٰتھ تہٕ اوٚسکھ کاردار، زمیندار تہٕ محکمہ مالِک افسر پتے
آسان۔ تَوَے ہیوٗ کاشرِس وَنُن ز "بتہٕ بتہٕ تہٕ پیادٕ پتہٕ" لیکن اوسہٕ
بتہٕ آسان تہٕ محکمہ مالِک افسر اٰسکھ مالیہ تہٕ جزیہ ہینہٕ خاطرٕ پتے
رٕزان۔ وُنی کین چھُ حال بیوٗن پہن۔

محکمہ مال چھِ سختی چھُ کاشرِس ورد زبان۔ یتھ کالہ چھ اُمی محکمن
کاشرِن سیٹھا سختی واتہٕ ناوٕمژ۔ یہ محکمہ چھُ تَوَے بدنام۔ وُنی کین
تہٕ چھ واریاہ تالیم یافتہ کوشش کران زٕ سُہ گژھِ محکمہ مالس منز ملازم
بنُن، یُتھ زن تیمس لوٗٹھ کرنس موقہ بیہ۔ شاہیرو، اَدیبو تہٕ فن کارو
چھے وِزِ وِزِ اُمہ محکمہ چہ سختیہ بیان کرمژ۔ پیادہ کرِنہٕ رٛود کاشرس
بتہٕ۔ کاشرِ ییلہ بتہٕ موٚنگ ییٚتھ ووٚتھکُس ڈنڈٕ تہٕ ییلہ حقوق
منگِن تیلہ آوس ناش کرنہٕ۔ بتہٕ بتہٕ تہٕ پیادہ پتہٕ بوٗزتھ چھے محکمہ

مال چھِ رشوت خورن یاد پیوان تہٕ کأشُر چھُ وَنان زِ یَڈ دگ چھےٚ بٔڈ
دگ تہٕ اَمِس کوٚتاہ ژالیو اٚہیا دٔرالیو۔ یِمہٕ زِ محاورٕ چھِ کأشرِس اَمہ
کنہِ ہیٚنٛز نشان دہی کران زِ تِمہِ وِزِ کانہہ کأم یِیہ نہٕ توٚت تام سرکأرِ
محکمن منٛز اَنٛد وانہٕ ناونہٕ یوٚت تام نہٕ رشوت یِیہ دِنہٕ۔ اَکھ سرکأرۍ مُلازم
یِیٚلہِ کُنہِ طریقہٕ احسان مند یِیہ کَرنہٕ تیٚلہِ چھُ سُہ اَکھ کأم کرنہٕ خاطرٕ
مجبوٗر سپدان۔

رشوت ستانی ہُنٛد بازر چھُ کٔشیرِ منٛز دوہے گرم اوسمُت۔ اَتھ
موجوٗب چھِ ساڑنہٕ زبأنی منٛز واریاہ لَفظ یِمَن اَتھ سیٚتۍ واٹھ چھُ۔ زٕ ج
چھُ سُہ لَفظ یُس رشوت ستأنۍ ہِنٛز ترجمانی چھُ کران۔ زٕ ج چھےٚ اَکہ
قسمِچ رٔیِیے یِمِس چونٹھ زیوٗٹھ آسان چھُ۔ لأرِتھ چھےٚ گرٛھان
محکمہ مال کین اَفسرن اوس پَتھ کالہِ عادتھ زِ تِمَن گوژھ پوشہ، رسوم
تہٕ بیترِ جنس کیو نقدی حأصِل سپدُن۔ لہٰذا اُسہِ تِم زٕ ج ہیٚنٛدۍ یا اَتھ
لوٗکن اَکادِ گرٛھان۔ اَوَے چھُ اَتھ لَفظس وُنی کین معنی سُہ بور یُس اَکس
شہریس سرکأرۍ مُلازمن ہیٚنٛدِ خاطرٕ شانَن پیٚٹھ تُلُن چھُ پیوان۔ یہ بور چھُ
رشوت ادا کرنُک بور۔

کٔشیرِ منٛز تأریخ چھےٚ یہ شہادتھ دِوان زِ تِم برہمَن یِمو اسلام
کٔشیرِ واتنہٕ پَتہٕ نہٕ پنُن مذہب تبدیل کوٚر تِہٕ ہُنٛد طبقہ روٗد اکثر بادشاہَن

رنتہٕ باگر طبقہ۔ یہ طبقہ چھُ وُنی کینٛہہ کاشُرٕ بٔڈ طبقہ، یُس کشیر
منٛز مختلف بادشاہن ہٕندین دربارن منٛز فٲصلہٕ بنہٕ وول رۆد۔ یمن منٛز
تہٕ رۆد اکھ خوصوٗصی خاندان ییٚتھ درٕ خاندان دٕنان چھِ، ییٚمکی واریاہ
افراد ڈوگرٕ راجس منٛز کیو امہِ برٛونٛہہ جان سرکٲری ملازمتس منٛز رۆد۔
اکھ خوصوٗصی رول ادا کران۔ اما پوز کشس تام درٕ اوس ظالم پٔتھ
تہٕ امہِ سٕندِس وقتس منٛز گیہِ لوٗکھ خراب حال تہٕ مثال تھٲوکھ ز
"در آباد تہٕ ملکھ برباد"۔

کٲشرِ زبٲنی منٛز یمہٕ تہٕ کہاوتھ، مقولہ، ضرب الامثال، محاورٕ یا
تلمیحات چھِ رٕٹہِ اگر اَمہِ جمع کرو سو بنہِ اکھ بٔڈ کتاب تہٕ یہ چھُنہٕ تیار
خاطرٕ ممکن۔ یمن کتھن ہٕنٛز ویرٛھناوے چھےٚ یہند جمع کرنہٕ نحوتہٕ زیاد
مُشکِل۔ اما پوز کینٛہہ یمن سیاستس سیتٔ واٹھ چھُ، چھےٚ یوان تمہِ
برونٛہہ کنہٕ تھاونہٕ۔

(۱) پوٚت بادشاہس غٲیبتھ۔

(۲) تلہٕ تلہٕ تلاو کھنان بادشاہس لوٗٹ کران۔

(۳) حکیمس تہٕ حاکمس نشہِ رٔچھتم خدایو۔

(۴) دستارن چھُنہٕ معول دربارن چھُ سول۔

(۵) خاصس سیتھ گرٕ کرٕن تہٕ عامس سیتو ہرکرٕن۔

(۶) موہ قدمس نے بھوکہ دَم آسی گامس کاسی شامَس تام ۔

(۷) پَچھان ڈیرشتھہ گرڑھ فارسی بھوڑن ۔

(۸) نرزی بوز بھَہ وہری بَدشاہ موُد ۔

(۹) ہا لو گلان تیَ دانس داہ کرِگھ ۔

(۱۰) بڈرمی ناچھنو اَدری موہ ہر

(۱۱) بھگہ شہن دَفتر ۔

(۱۲) پرتاپ سنگھن دستار ۔

(۱۳) سلام شہن سوہ چِھ ۔

(۱۴) شیر سنگھن ڈراگ

(۱۵) ششیخہ بہی

(۱۶) عظیم خانسو بچیٹر

(۱۷) عطا محمد خانسو گاڈر بیگاری ۔

(۱۸) لارن صحبن بندوبست

(۱۹) مسیہ خانن کوستور

(۲۰) نتبہ میرن آنسر

(۲۱) وارث خانن جاہ

(۲۲) گلاب سنگھی پھٹو

(۲۳) سکھا شاہی

# لُکہٕ دٕلیلہٕ تہٕ سیاست

لُکہٕ کتھن ہُنز بیاکھ اَنٛد چھےٚ لُکہٕ دٕلیلہٕ۔ کٲشُر چھُ دٕلیلہٕ
بوزنہٕ خٲطرٕ مشہور۔ یہ اوس پَتھ کالہٕ دٕلیلہٕ بوزنس منٛز جان وقت
صرف کران۔ وُنی کین چھُ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن آسنہٕ کِنہٕ اَتھ وارِیاہ
فرق آمُت۔ کٲشرٕ لُکہٕ دٕلیلہٕ آیہٕ گوڈنیتھ ۱۸۸۷ عہٕ منٛز چھاپ کرنہٕ۔ یمہ
کرٕ چھاپ اَکھ فرٛنگی پٲدرٕ یُس ناو اوس جے، ایچ، نالز۔ اَمہ علاوٕ
کورٕ سٹائن صٲبن تہٕ لُکہٕ کتھن ہُنٛد اَکھ مجموعہٕ پیش۔

کٲشرِ منٛز چھُ نور محمد روشن صاحب نہٕ پروفیسر شام لال سادھو
صٲبن تہٕ اَمہ قسمُک سوٚمبرن کوٚرمُت۔ سادھو صٲبنۍ سوٚمبرن چھےٚ انگریزہ
زبٲنی منٛز چھاپ سپُزمٕژ۔ تِہُنٛد انگریزی چھُ بڈٕ مۄدُر۔ کلچرل اکیڈیمی
تہٕ کرِ وُنس تام ژٕ کتابہٕ لُکہٕ کتھن ہنٛز چھاپ۔ گوڈنِچہ کتابہٕ ہنٛز
ترتیب دِژ اختر محی الدین صٲبن تہٕ پُشکر بھان صٲبنۍ تہٕ حالہٕ پہٕ سپٕز
بیاکھ سوٚمبرن ٹاک زینہ گیری صٲبنہٕ ترتیبہ سیتۍ شایع۔

اما پوز اُسہ اگر چھاپ سپُزمٕژن لُکہٕ کتھن پیٹھ نظر ترٲوو یا لگن

نِشہ کہتھ بوزو، اُسہِ لبو زِ اکثر کتھن منز چھِ راجہ، رانی تہٕ بادشاہ،
شہزادہ تہٕ شہزادی، وزیر تہٕ وزیر زادہٕ تہٕ بیترِ ناو درینٹھ یوان۔ یِمے
چھِ اُکس ریاستس منز اکھ اہم رول ادا کران۔ یِمو بغٲر زَن ریاستس
منز چھینہٕ کانٛہہ۔ سارِی چھِ ماتحت مگر سارِی چھِ ہوی باسان۔ بادشاہ
چھِ عام لوکن ہندین پلون منز یِتھ تِہندۍ مشکلات حل کرنچ کوشش
کران۔ کُنہ وِزِ چھُ باسان زِ یِمہٕ اکہ دلیلہٕ چھے بادشاہن اکھ کوٗ مُتھ
کرنہٕ خاطر اکھ مشورٕ تہٕ بٔنیہٕ تہٕ کینٛہہ۔

اکہ دلیلو منز کرٕ بہٕ صرف کینٛہہ دلیلہٕ اَمہٕ موجوب پیش زِ سیاست
کاٗزاہ چھے یمن منز درینٹھ یوان۔ اَمہِ قسمچہٕ دلیلہٕ چھے واریاہ تہٕ یہ
چھُنہٕ ممکن زِ یِمہٕ ین سارِیے پیش کرنہٕ۔ اما پوز ییٚلہ کانٛہہ شعور چھُنہٕ تہٕ
تمو سٕنز سیاست تہٕ کتھ دہ نوے پٔتہٕ چھُنہٕ۔ اَوے موجوب دوت
اَمہٕ نِشہ "منتو آب" یُس ہیٚندین ہِندِ زمانیچ دلیل چھے۔

دپان ہیٚندین ہندس دورس منز اوس اکھ بادشاہ یُس لوکن
اوس جانہٕ پرٛہان کرِن۔ لوکھ اُسی جہالتس منز ولنہٕ آمتی۔ خودا تعالیٰ
سونٛد تمن قہر۔ سیٚج بارِش پیمیہٕ تہٕ یام اَمہٕ بارِشہ ہٕنٛد آب لوکو چھوو،
تِم گٔے سارِی مَتہٕ۔ بادشاہس تہٕ تمہٕ سنٛدین وزیرن اُس یہ خبر ینٛہ
عالموٗ تہٕ پرٛہمنو دِنہٕ منز۔ اَوے ھٔوو تمو شوڈ آب نہٕ اٚنتھ۔ دوہ دوہ

گو گرٛھان، لوکھ گٔے پاگل گرٛھان تہٕ بادشاہ تہٕ اُمہِ سٕندی وزیر گٔے
سخ پریشان، تکیازِ شوٗد آب گو مۅدٕ کلان۔ آخرس کور امہِ وزیرن سیٹھا
مشورٕ کرِتھ یہِ فاصلہ زِ تٔم تہٕ چھین سہٕ آب یُتھ پیٚیہ سیتہٕ تم تہٕ پاگل گرٛھن
تکیازِ تِہُند حکم تہٕ حاکمیت اوسنہٕ کانٛہہ مانان۔ یِتھی شری پیٹھ سمجھاب
گو سارِ دۅہے ملکہِ کشمیرس لیٚد مُتو آب۔ تُوے چھہ تتھ پیٹھ اسی شتھا اکھ
معنی ہرلوٗکھ راج مانان تکیازِ اکھ مٔنز چھے لاقونونیت آسان۔

پروفیسر شام لال سادھو صاب چھہ پننہِ کتابہِ Folk tales
from Kashmir مٔنز اکھ دلیل پیش کران یُس ٹاکار پاٹھی
تہٕ کتھ واضح چھہ کران زِ کوشُر کوتاہ چھہ انتظامیس مٔنز اَثٕر خاطرٕ دلچسپی
تھاوان۔ اوے موجب گو اکھ شخص حُکمتس یہِ مجبور کرنہٕ خاطرٕ
کامیاب زِ سہٕ روزِ ڈلس (جھیل) ہلر گنٛزرنس پیٹھ تہٕ کام کرِ مُفت
یانی سہٕ ہلر گنٛزراونہٕ خاطرٕ آو تعین کرنہٕ، تمی دیت یہِ اَکس ناوِ ہاٛنزس
ہُرو نیٚبہ پکنہٕ، تکیازِ تمِس اوس ہلر گنٛزراونس مٔنز مشکل باڈِ سپدان
لہازا گو پرٛتھ کانٛہہ ناوِ ہاٛنز ناو چلاونہٕ ہُرو نیٚبہ اَمس گنٛزراون واجس
رشوت دِنہٕ خاطرٕ مجبور تہٕ پتھ گٔے زیوٗن اُمی گتُل پونسہٕ تہٕ برُت۔ امہ
دلیلہ ہنٛدی چھہ نہٕ تاثر میلان۔ گوڈنیک چھُہ یہِ زِ رشوت ستٕنی ہُنٛد
ذہن چھہ کاشرین نِشہِ سیٹھا برون۔ (امانوزِ آمیُک مانے گو یہِ زِ

کاشُر بحَیثیتِ قوم کیٛاہ چھُ رشوت خور) تہٕ دوٗیِم یہِ زِ لُکھ چھ
انتظامیس اَکھ سٕہ ادارٕ زانان یمیُک شُرِ شامِل سپدُن چھُ پوٚنسہٕ حاصِل
کران تہٕ یِزُتھ بخشان۔

بٔہیہِ زِ دلیلہ چھےٚ تہِ یہِ برونٹھ کُن تراوُن بدٕ جان تکیاز یِمن
دوٚنوٚنی منز چھُ ریاست کس انتظامیس، عدلیس تہٕ حکمرانن اَکھ اَندٕ کٕنہٕ
بٔہیہِ اَندٕ نصیحتھ۔ یِمن منز نیرن کٔم اوصول تہٕ یِمن پیٹھ گژھُن مُلکیُک
سیاست گرٕھ چلاوُن یُس تہٕ بٔہیہِ لاپرواہ لگٕ ژامت بادشاہن تینبہٕ
تہٕ۔ یِہہِ زِ دلیلہ چھےٚ "اَلہِ شہرس" تہٕ "تیلہ واٗنہِ شہرس" منز موجوٗد
دِیاں اَکھ شخص اوس اَکہ کاہہِ پیٹھ شہر گژھان۔ واہ اَلہِ
آسس سیتھ تہٕ ییٚلہِ گُذرس نِش ووت۔ گُذروانن منٛجہ نس چوٗنگی۔
اُمِس اوسنہٕ کانٛہہ پوٚنسہٕ تہٕ لہٰذا دوٗپ تِمو اُمی زِ تِم رٹن اَلہِ۔ ییٚلہ
سُہ گُذرِ چوکین اکِس دوٚن وزاو تِمس آسہٕ ذٔہن اُلٹن کاہ اَلہِ بییہِ
دِنہ۔ یہِ شخص گوٚو وٕچھتھ تنگ بد دِل۔ سوٗ کیاہ کرِتھ گوٚو تہٕ بیوٗلٹھ اَکِس
مرگزارس پیٹھ تہٕ یِم تہٕ کانٛسہ موٗدس دفن کرِتھ آیہٕ تِمن لُکن جزیہٕ
میٛوٗن۔ اَکھ دوہ آو بادشاہ سُند کُستام نزدیکی رشتہ دار اَتھ مرگزارس
منز دفن کرنہٕ خاطر تہٕ اُمی میٛوٗت اُمِس زیادٕ پیٛن چوٗنگی۔ ییٚلہ یہِ کنتھ
بادشاہس نِش واتٕ سُہ گو حٲران تہٕ اَنہ نووٗن یہِ شخص نادِ دِتھ۔ ییٚلہ

یہٕ بادشاہَس نِکھہٕ ووت تہٕ تِمَو پرٛژھُہ اَیس یِتھ کَمہٕ قونہٕ چھُہ مۄدُن

ہُنٛد دفن کرنہٕ خاطرٕ ووہ بیہ ہیوان۔ اَمہِ ووٚنُس جوابس منٛز زِ تیٚلہٕ

ڈُنی تنَ بادشاہ سلامت ذہَن اٚلِنَ شوٗبنہٕ کاہ اَلہٕ چوٗنگی۔ بادشاہ گوٚو

شرمنٛدہٕ تہٕ کرٛن حکم تمیٚچ از سرنو تشکیل تہٕ لوٗکن ہنٛد بہبوٗد

خاطرٕ ہیٚیٚنہٕ کام کرٛنہٕ۔

اَکھ شخص دراو کارٕ بارٕ خاطرٕ گرٕ پننہٕ ٹادیاٗنی ہیتھ۔ اَکِس گامَس

منٛز ووت تہٕ رووُد اَکِس تیٚلہٕ واٗنی سنٛدِ گرٕ۔ ٹادیاٗنی تھاوِن آنٛگنَس

منٛز گنڈِتھ۔ راتھ کیٚتھ پیٚیہ ٹادیاٗنی تہٕ بچھیرٕ گو۔ تیٚلہٕ واٗنی واٚنِکِس

خرس پتہٕ پتہٕ پھیرنہٕ۔ صُبح ووت یہٕ شخص نیرٕ ہے گرٕ تہٕ بچھیرٕ چھُنہٕ

ٹادیاٗنہٕ سیتھ ہرگز پکان۔ تیٚلہٕ وونی چھُہ وَنان بچھیرٕ چھُہ اَمی سنٛد

مامِلہٕ گو بڑان تہٕ کیس آو قاضیَس نِشہِ نیہٕ۔ تیٚلہٕ وونی گو رٕشوہ کرِتھ تہٕ

قاضیَس بوٗزُن چیٚنٛد۔ قاضیو وُچھ کتاب تہٕ ووٚن وَنن واٚلِس۔

کتاب قاضیَن تیچُن مسلہٕ پوٗرُن

شہ گرٕ بچہٕ تس خرواٗلِس گُن پھِرُن

توٚرےٚ گو اَکھ اِنصافس تیٚلہٕ واٗنی شہرَس سیتھ حماقت۔ یِیلہٕ بےٚ اِنصافی

ہُنٛد چلے جاو لگیہ لوٗکھ چھِہ تمہِ تیٚلہٕ واٗنی شہرٕ دٚنان۔

اکہٕ ڈلیلن منٛز کرمنٛتراو کو شٲرُس نمبردار ییٚمہِ اَکہٕ کانہہ لوٗکھ

بیوٗقوٗف بنأوِتھ بادشاہ سٕندِس دربارس اَکھ ڈوٗلہِ واتہٕ نوو یَتھ منٛز
اَکھ رٕے پیٚپَے اُٚس آمٕژ تھاونہٕ ۔ سُہ کرٕ مٕشراو بٕڈأرِ تیٚمِس مُتلق اَکھ
مشیرمالِ بہٕ وَنہٕ زِ سُہ ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ مدد کٔرِتھ، یٚودوٚے بٕڈأرِ مُخالف
روزِ ۔ سُہ کتہٕ مٕشراوِ سُہ چیف کنسرویٹر یٚمِس اَکھ گُجُر راکھ بنٲوِتھ دُعا
کرِ ۔ ٹاکہٕ صعائینہٕ ترتیب لیوٚسہٕ لُکہ کِتھ ہٕشرِ ژاُرا اَسہٕ برٕونٛہہ ٹُکن چھےٚ
آمٕژ تمہٕ منٛز چھےٚ حلال خور بادشاہ بابے، اِنصاف چھُ کانٛش ۔ اَکس
باہمیٚتھ شہزادہٕ سُند کارنامہ ۔ نٔرمو زیوٗن راج تہٕ وزیر لڑٕکہ تہٕ بادشاہ
لڑٕکہ، تمہٕ قابلِ ذکر دٔلیلہٕ ییٚمن منٛز ٹاکارٕ پأٹھۍ سیاست چھےٚ آمٕژ
وَرتاونہٕ ۔

یِتھے پأٹھۍ چھےٚ وارِیاہ دٔلیلہٕ اَسہٕ کشیرِ منٛز ذریٚنہِ ٹپوان ۔
یِمہٕ لُکہٕ اَدبُک اَکھ اہم حِصہ چھُ تہٕ یِمَنٛدُ اکھ تہٕ مقصد چھُ صِرف
کانٛسہِ سیاستس پیٚٹھ تنقید کرُن یا سو سیاست وَرتاونٕے یِیہٕ
یتھ کالہِ یاونٕے کیٚن اَسہٕ لَبنہٕ چھُ یوان ۔

# سیاست تہٕ لُکہٕ باتھ

لُکہٕ باتھ چھ اکہِ قومُک سُہ احساس پیش کران۔ یُس تہنٛدِ
ذہنی بجرُک تہٕ روٗحٲنی قدرن ہُنٛد منزِل چھُ عیان کران۔ یہِ چھُ شاعری
ہنٛدِ رجحانہٕ علاوٕ قومی حِس تہٕ پیش کران۔ سُہ حِس سیٲسی آسن، سماجی
آسن یا اقتصٲدی آسن۔ اقتصٲدی طور چھُ کوشُر ہمیشہ بَتہٕ بَتہٕ
کران روٗدمُت تہٕ سماجی طور سیٹھا پَتھ تہٕ سیٲسی طور غلام۔ یہوے
وجہ چھُ زِ لُکہٕ ادب چھُ قدمہٕ پَتہٕ قدمہٕ افلاسچ نشاندہی کران۔ لُکہٕ باتھ
چھُ لُکہ ادبُک سُہ حصہ یمِہ کِہ ذٔریعہ سُہ چھُ پننہٕ کیفیژ بیان کران۔
لُکہٕ باتھ چھ کٲشرِ زبٲنی ہُنٛد اکھ معمولی سرمایہ تہٕ یہِ چھُ اَژھیون
تہٕ چھُ سیٹھا وسی تہٕ اَتھ پیٹھ ییٚوِد اکھ کوشُر فخر کرِ سُہ آسہِ حق بجانب
کٲشرِ زبٲنی ہنٛدِس ارتقاہَس منز یمیتہٕ اَسہٕ شاعری سیٹھا پرٲنۍ
چھےٚ تیتہٕ چھُ لُکہٕ باتھ تِتھہِ لَرِ لوٗر۔

لُکہٕ باتھن منز لنجہ چھِ وارِیاہ۔ بقول علی محمد لون صاحب لُکہٕ باتھ
چھِ داداہ ژٕنگو۔ یمو منز چھُ رووٕ، نینٛدہٕ باتھ، وَنہٕ وُن، لَڈی شاہ

منٛز لۄ بأتھ، شُرۍ بأتھ، چھکرٕ تہٕ وژُن بیترِ شأمِل۔" یِم تمام بأتھ چھ وِزِ وِزِ گیوٕنہٕ یِوان۔ یِمن چھُ پنُن موقہٕ محل۔ یِٹھ لٔنٛڈ چھےٚ پننہٕ انداز سیاسَت وَرتاوان۔

لُکہٕ بأتھ جمع کرنَس منٛز یُس تہٕ مُشکِل چھُ، سُہ چھُ یِہ زِ اَکھ شخص ہیٚکہٕ نہٕ یِہ کام مُکمل کٔرِتھ نہٕ ہیٚکہٕ یِہ اَکِس کتابہِ منٛز جمع کٔرِتھ۔ کلچرل اکیڈیمی کٔر یِمہٕ جمع کرنٕچ وارِیاہ کوٗشِش۔ اتھ منٛز چھ موتی لال ساقی صأبن لُکہٕ بأتھ ٹھیکن لایق کام۔ مگر یِمو چھُ لُکہٕ بأتن ہُنٛد سُہ سِلسِلہ جمع کوٚرمُت یُس زیادٕ پٔہن وَنہٕ نَس پیٚٹھ مبنی چھُ۔ تِم لُکہٕ بأتھ یِمن منٛز سیاسَت چھےٚ وَرتاوَنہٕ آمٕژ چھےٚ نہٕ اَمیٚک جمع کٔرِتھ۔

کأشرِ سِیٛٲسی تأریخ چھےٚ غُلأمی ہٕنٛز تأریخ۔ یِیٚمہِ وِزِ تہٕ کأشرِ مَتِ ہیٚیٚژ پانَس حکوٗمت کٔرِنۍ، تِمہٕ وِزِ آیہٕ نیبرٕ یا اندرٕ سازِش کٔرِتھ یِہ حکوٗمت ناکام کرنہٕ۔ یِیٚمیُک نتیجہ یِہ دراو زِ کأشُر رود غُلام تہٕ نظامِ حکوٗمت رود اکثر بادشاہتَس پیٚٹھ مبنی۔

یِہ بادشاہت رُوز اَکِس شخصہٕ سٕنٛدِس طبٔعی تٕیتَس پابنٛد۔ ہرگاہ بادشاہ خۄد اینٛ رُت آسہِ کوٚرمُت تیٚلہِ اُس کأشرین حکوٗمت جان تہٕ درگہِ ادس تِمن مُصیبتھ۔ توٗرے اوس کأشُر سیاسی طور موٗیُس تہٕ اقتصأدی طور مُفلِس۔ یِہ حال چھُ اَکِس قومَس منٛز لُکہٕ ریٖتہٕ سیٚتہٕ نوٗن

نیران۔ تِمیٖانہٕ اَلہِ پٲٹھۍ چھِنہٕ حرف ( بقول علی محمد لون صاحب ( لُکن ہِنٛدٕ
غمَن ، دوہ کھن ، اسنکو ، لَٔشہ نکو ، تِہُنٛد طنز و مزاحکو ، تِہُنٛد فکرو خیالکو
تہٕ جذباتن ہِنٛدی پٲتی نمایندٕ بلکہ تِم چھِ سیاستیچ تہٕ علاقٲئی کران
یِمہٕ سیاست اکِس انسانس بیٚیِس انسانس سیتی رَنہٕ گَنٛڈ کرٕنھٕ تھاوان
چھےٚ۔ یہِ رَنہٕ گَنٛڈ چھُ تِمَس تِتھہ بہ پاسٹس منٛز پادٕ گژھان یَیمِنٛک یہِ
شہری چھُ آسان۔

تِتھۍ یِمہٕ ہِتہٕ لُکہٕ پٲٹھِن منٛز سیاسَت چھےٚ وَرتاونہٕ یِوان سو چھےٚ
سیاسی مولوِسی، سیاسی نگڈم بازی، سیاسی تنگ نظری، سیاسی
جوڑ توڑ ، سیاسی تشدد ، سیاسی استحصال تہٕ سیاسی امن ، قُدرٕتھ
آفتہٕ بیترِ وِبرٕ ہ ناوِتھ تراوان۔ کٲشرِ لُکہٕ پٲٹھ چھِ اتھ کامہِ منٛز
یُگرِ وُتران تہٕ اَکِس طالب عِلمَس چھُ یہِ احساس گژھان زِ کٲشر
زبٲنی چھےٚ وُسعت زِ سوٚ شروٗپ راوِ زِندگی ہِنٛد پرتھ کانٛہہ شعبہٕ تہٕ
بِیمہٕ بَڈِ بَڈِ پٲٹھۍ۔

سیاست تہٕ چھےٚ لُکہٕ پٲٹھ تخصیص پٲٹھۍ پیش کران۔ یہِ وُنُن
روزِ جان زِ لُکہٕ پٲٹھِن منٛز امیک آسُن چھُ فطری۔ تکیازِ امہٕ سیتی چھُ
لُکہٕ پٲٹھ وَتَن دول وَقتہٕ کین حُکمرانن ہِنٛدِ قہر نِشہٕ بچان۔ لُکہٕ پٲٹھن
ہِنٛد ساروے خوطہٕ اہم نمایندٕ چھُ لیڈی شاہ۔ لیڈی شاہ چھُ بقول

عبدالاحد آزاد صاحب تأریخی واقاتھ تہٕ قوٗد،ت، وِمنأظر جان یأ ٹھی بٔروٚ ثھ
کنٛ ثراوان تہٕ آمیُک خاص موضوٗع چھُ سٔہلاب، ڈوٗھٹ، قحط، وَنڈ
بٔنیٛل، مَرُن تہٕ زیوٗن، مُلن ہیرُن تہٕ گورُن ہنٛز زیادتی تہٕ بٔییہِ ہلسہ
تہٕ حوٲلہٕ ہتیچ سٔختی۔ کٔشیرِ ہٕندِس سیأسی ماحولس پیٹھ چھُ (یہ چھُ اکھ
آفاقی اوٗصوٗل تہٕ) اکثر سٔہلابو، ڈوٗھٹن، قحطن، وَنڈو، بٔنیٛلو تہٕ
مذہبن شرٗن اثر ترووٗمت۔ توَے ییٚلہِ کٲشرِس ٹھرِ پیٹھ سٔہلاب
اوٚ، گرٛہان تہٕ حاکم اوس پننہِ مستی منٛز روزان، سہٕ اوس لیڈی شاہ
دأنِتھ پننِس یانس تسلی دِوان نتہٕ حکمرانن لیکھ گڈُتھ پننہِ نفسیاتی
رٔنجش زأیل کران۔ توَے چھُ لیڈی شاہ کأشر سیاست ورناوہٕ خاطر
اکھ موزوٗن صِنف۔ اتھی صِنفس چھےٚ یہٕ خوٗصوٗصیت زِ سیاست
ورناوِتھ ہیکہٕ یہٕ اکھ لیڈی شاہ حاکمن ہُند شکار بٔنِتھ۔

لیڈی شاہی کلامہٕ رٕوُد وُنیتام کھلن نام موٗجوٗد۔ یہٕ نہٕ اوٚ
کتأبی شکلِ منٛز پیش کرنہٕ، تہٕ نہٕ آیہ اکھ کانہہ سوٗ جاے دِنہٕ یٚیتہٕ اکھ
بٔحثوٗیتہٕ فن قدر تہٕ احترام سپدِ ہے۔ اکھ چھ باقی وجہو علاوہ تہٕ
وجہہ زِ اکھ چھُ کأشر بٔحثنس نام موٗجوٗد تھاوان۔ اما پوٚز بٔحثن
چھُ اکھ غأر فطری تہٕ غأر اخلأقی کار۔ لہٰذا چھنہٕ اکھ کُن کأشر لیکھن
وول زیادہ توجہ دِوان۔ دوٚیُم وجہ چھُ زِ یہٕ لیڈی شأہی چھےٚ فل بدیہہ

شاعری تہٕ لہازا ایانہٕ یہٕ زیوٗر منز چھ نیران تانی چھےٚ یہٕ مشراونہٕ یوان یُس
لیڈی شاہ اکہٕ گرٕ نیرتھ بیٚیس گرس گژھ یا اکہٕ کھلہٕ منز نیرتھ بیٚیس
کھلس اَژ، سُہ چھُ موقہٕ محل وُچھتھ کلامہٕ وَنان روزان تہٕ تمۍ سٕندِس
مرنس سیتۍ چھُ تمۍ سٕندُ لکھ بٲتھ تہٕ ختم گژھان۔

لیڈی شاہن نۆ ہوٚنہٕ، یمن منز سیاست چھےٚ لبنہٕ یوان، کرٕ
بہٕ تِمہٕ ہار برٛونٛہہ کُن پیش۔ یِم اشعار چھِ مےٚ "منور شاہ" کتابہٕ
منز نِمٕت یوس منظور فاضلین تالیف چھےٚ کٔرمٕژ۔ یِم کیٚنہہ بٲتھ چھِ
تمۍ سٕندِ "سڑک نامہٕ" منز کڈنہٕ آمٕتۍ:

بگلگت بنیو جلسہ کے انتظام
پیسے لاٹھ ہی گئے بہ جنگ تمام
دڑکھ سارنے کرسیے سیم و زر
بہ مہاراج کشمیر پیسے لمبر
سپنو گرم ہنگامہ اندر جلوس
کرکھ رائے زینن آسہ شہر دوس
کہ ملکہ معظم دراں روہداد
شہنشاہ کشمیر شُد حکم داد
سڑاک گژھ شیرنہٕ بہر جاڑھ پور
ز راولپنڈی تا بہ گلگت حضور

لیڈی شاہ چھُ پنٕنؠ شارٕن منٛز صاف طور سیاسی پیش گوئی
کران ز انگلستانس چھ گلگت تام سڑک بناونٕچ تکیاز رؤسس چھُ
ڈٲنٛٹہٕ نیشہ ٹھوٚر کرُن نتہٕ روٗس پننس اتھس تل اَنُن۔ اَمہ مزید چھُ یہ تہٕ
ظٲہر کران ز سڑک بناوُن چھُ اَکھ سیاسی فٲصلہ تہٕ مہاراجہ کشمیر
چھُ یہ فٲصلہ ترٛاوِتھ پکناونہٕ خٲطرٕ ذمہ وار۔ گلگتچہ سیاسی تہٕ ملٹری
اہمیت ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ وُنی کیٛن تہٕ اِنکار کٔرِتھ۔

منور صاحب چھُ ترٛاوِتھ کُن بیٚیہ فرماوان:

یِنہٕ گاشہٕ ؤ علم قونون پلوٚر
تَنہٕ گوکھ پٲدٕ طمعٕ سختَت زوٚر
فسادن تہٕ فتنن اندر صبح و شام
نظر بر عجبائے دگر صبح و شام

•

خزانہ لڈن ضرب نانک شاہ سے
تونگر بنے مردمانِ دہے
دوئیم ضرب رنجیت سنگھ پادشاہ
تریم سکہ شاہ عالم پناہ

•

سیٹھے پٲٹھۍ ترٛتھ طائفس اوس رواج
دوٚیم حاکمن کوٚرکھ موقوف باج

کھتھن پیٹھ کران ہاشہ پلسس رپٹ
چھ بے ضابطہ پلسہ درِ ژٹ کیپٹ
چھ نوٹس تہٕ اسٹام کاغذ برِان
عدالژ اندر مشلہ دائر کران
روانہ کران عملہٕ مسس پیٹھ سمن
عدالت پناہ حاکمانِ زمن
غریبس گلان چھے بتہٕ ہرکھ بیول
کران مارہ لاچار بے ہار دول

•

یہ ملکہٕ معظم مبارک قدم
زنخانے سرابستہٕ رخت عدم
یتیمس ما تخت خاص اقلیمِ ہند
چھ کاہ ترپہ راجن ہندی نور گرزند

•

دلاسا کورُن راجین بے شمار
مدارا بہ سرکار والا تبار
مہربان سرکارہٕ سنے زیادٕ گو
سو یثاہزادیے لندنے شاہ نو

اُتھو اَندر پتے حُکم سرکار آو

ممبر ہاے مرحوم شُمارِی بناو



خلایق چھ اِستمام کیتیاہ بران

اپیلانٹ درچپار کونسل کران

چھ بَرجستہٕ از محکمہ بندو بست

فسادو چھ کرِہی میتو خلق تنگدست

تنازعہ رتمن پانہٕ وانی چلان

عدالتہٕ اندر بیول خلقن کلان

تمامی نائب تہٕ تحصیل دار

چھ پرتال بوزان اَز حلقہٕ دار

چھ پھیران زمینن رگرداوری

عمل رتم لیکھان فصل پاداوری



شہنشاہِ ہندوستان خویش کلام

سداہ شت چھ یس راجہ ہندکی غولام

سہل گیتھنہٕ زانہٕ چھ اقلیم ہند

بمثلِ سمندر تہٕ شہرن نہٕ گنڈ

ستے نوٚر اقلیم دُنیاہ تمام
ڈوڈ اقلیم چھس زیرِ قبضہ مُدام
زمشرق بمغرب کوٚرُن اموٚاحات
بجز بارج تراوُن نہٕ کانٛہہ دیہات
ہیوٚتُن بارج اسمانٛی جاناوَرن
شکارَن دِنک نوٹ لاسن بَرن

•

شفاخانہٕ مدرسہٕ بمعہ ہسپتال
گنٛدِتھ تار برقی جنوب و شمال
لدِتھ ڈاک خانہٕ جُدا تار گر
زمشرق نشان مغربس چھےٚ خبر

•

ستے جنٛگلے راکھِہ ہر سو رَٹِن
ییمِس لشہ ہٹ تہٕ دانٛدِ چور ارٹِن
ہمواں پانٛژھ ستھ روپیہ چھِنس بلفور
کرِتھ جنٛگلس سٔنی ہیے کیاہ زٕ ژوٗر
تہٕ ہیتھ چھس رپٹ ہُے کران رینجر
دَبا دَب لیکھان سُہ چھُ فارسٹس

ژ ہیس عوضاہ تہ دوون ہند رسوم

تمِس پوختہ پاٹھین کرِتھ ریز گوم

ٹلے گاڈہ راکھو تہتھے حسب حال

ولان سرفہ سندی پاٹھی خلقن چھِ نال

وتو پیچھ شورن تم رٹال بے خبر

گرن توہ ہیہ مور دن سے وچھمو زبر

کران بیگناہ ہانتز خلقن رٹان

چو سیماب تم زیادہ بلکل وٹان

ہیوان داہ پنداہ روپیہ اکس زانسو،

زاو گرم صحب، خون و خالم انس



کورکھ جارج پنجمس حال حال

بدستور تم تھاونکھ ملک و مال

ستن ہیرنے ہند گورکھ ژند نام

رتمن روود جائیگر سالم تمام

تہندکر و فر ڈپشہ تن لاٹ ہند

سپھٹ شاد گو یم چھ درجہ بلند

کراز و امرائے ہندگے سر فراز

فتحیاب از کلکتاہ آے باز

مہاراج صاحب خوداوند تاج

غنیمت بکشمیر اُمُو سندہ چھُ راج

چھُ مسکین پرور تہٕ رعیت نواز

تو سے شاہ ہندن کوٚرُسے سر فراز

مہاراج صاحبس تیتھ حُکم دیوت
کوٚت

ستھ تیجھ بوزی تمن گوشہ دلشاد

پیمِ شار تھٕ ہیمہ کنہ پرِیوو۔ تمو لیکھ گژھہ یہ کتھ واضح

زِ کاشُر چھُ سیاستہ نِشہ باخبر روزان۔ نتہٕ چھا یہ مُمکن زِ مُنور

صاحب ہیوٚ اکھ درویش صفت انسان ہیکہ اکس دوٚر گامس منز

روٗزِتھ تہٕ لندنہٕ پیٹھ گلگت تام جغرافیہ زانتھ۔ سہ تہٕ تمہِ وِز ییٚلہ

کشمیر منزِ ین گژھُن سیٹھا مُشکل اوس تہٕ ریڈیو اخبارن ہُند وجود
ہس

منزِ ے۔ مُنور صاحب چھُ واقف زِ خزانہٕ تہٕ اقتصادی معاملات کیتیاہ

چھہ ضروٗری۔ طبقاتی نظامُک چھُ تمن احساس تہٕ تمِ چھِ زانان

زِ یتھ طایفس کیتھ کنہٕ ذیت وقتہ کیو حاکمو فائدہ تہٕ بارچ کوٚرمِتھ

ماف۔ یلیمیہ زیادتی ہُند احساس چھُ کاشرِس پرتھ وِزِ او سمُت۔ مُنور

صاحب چھُ یہِ کنٛھ زانان زِ پلِسہٕ چھُ سُہ ادارٕ یُس لُکن پانہٕ وٲنۍ لڑٲیہِ تہٕ جھگڑٕ کرنہٕ تہٕ مُقدمہٕ خاطرٕ استعمال یوان کرنہٕ۔ اَمہِ سِیتۍ چھُ یہِ کنٛھ باور کرنس منٛز آسانی سپدان زِ انتظامیہ چھےٚ سون عٲمرانہٕ جماعتھ اَسِمژٕ بینمہٕ کنہِ ییٚتہٕ چھُ ہر لُکٕ تمہ راج پأدٕ اوسمت گوٚمت۔

پَرتھ کانٛہہ لیکھن وول چھُنہٕ پننہِ وقتہٕ کِس حاکمس خلاف لیکھان۔ تِکیازِ سُہ چھُ تمۍ سٕندِ قہرٕ نِشہِ کھوژان۔ تِم لیکھن وٲلۍ یِم زیادٕ پَہن وقتہٕ کِس حاکمس تعریف کران چھِ پننیو مصلحتی اغراضو موجوب لیکھان۔ اما پوز غٲر جانبدٲری تہٕ چھِ کیٚنٛہہ پننس لیکھنس منٛز وَرتاوان۔ منور صاحب چھُنہٕ مہاراجہ کشمیرس تعریف کران تِکیازِ چھُ سُہ تمۍ سٕندِ ناو غٲر جانبدٲری سان ہیوان۔ البتہٕ ملکہ معظمہ سٕنٛز تعریف ٹاکارٕ پأٹھۍ کران۔ تِکیازِ تمن چھُ احساس زِ حقیقی اقتدار چھُ تمۍ سٕندِس اتھس منٛز۔

منور صاحب ییٚتہٕ اَکہِ طرفہٕ حکمہٕ مالس فسادک گوڈ چھُ زانان تِتہٕ چھُ دوٚیمہِ طرفہٕ مدرسہٕ تہٕ ہسپتال بناونکو باتھ تہٕ گیوان۔ ڈاک خانہٕ جات تہٕ رسل و رسائلکو مسٲیل تہٕ زیرِ بحث انان۔ لندن تہٕ گلگت چھِ تاربرقی سٕتۍ نامہ پیام تہٕ واتہٕ ناوان۔

کٲشرِ لیکہِ بٲتن منٛز سعہ برٕنٛ یِیہ سہ کلچرل اکیڈیمی ہنٛد اہتمام

موتی لال ساقی صاۍبن کرٕہِژ چھپے سٕہ چھپے تھپکنہٕ لایق۔ اما پوٚز یمو
چھپِنہٕ تم شار جمع کرٕہمتۍ ہٕنٛد موضوع سیاست آسیہ۔ ہرگاہ یِم
تم شار جمع کرٕہن یِم سیاسی موضوعن پیٹھ آسہن گمٕنٛڈنہٕ آمتۍ
مٕشے گژھہ ہے کام سیٹھاہ سہل مگر ساقی صاۍبا اۍسۍ نہٕ میشانہٕ خاطر
لیکھان۔ اما پوٚز تۆہنٛد ماداد چھُ مختلف۔ یِم تہٕ لُکہ باگہ ساقی صاۍبن
سیاسی موضوعہک جمع کرٕہمتۍ چھِ تِم چھِ تہٕ ہے بروٚنٛہہ کُن یِنہٕ کنہٕ
پیش یوان کرنہٕ۔

مجبوٗرٕ چھُ کٔشیرِ منٛز سُہ اکھ بدقسمت یُمہ کاشرِس کاشتکارِس
تہٕ زمیندارِس ہمیشہ وس کھیٚیتہٕ ہے۔ یہ اۍس حکوٗمتہٕ غلط پالسی زٕ
زمینُک مالیہ تہٕ جزیہ علاوٕ اوس زمینکہ پیداوارٕ منٛز اکھ بوٚڈ حِصہ
حکوٗمتہٕ نِوان۔ کٔشیرِ منٛز چھُ اکھ سُہ دور تہٕ آمُت، یتہٕ اۍسۍ مجبوٗرٕ دور
ناوہ سکو دِتھ۔ یٔمیتۍ زمیندار کیو کاشتکار طبقہ روٗد سیٹھا کالس
مظلوٗم۔ کینٛہہ کال اوسنہٕ یٔمیتہٕ چِھن حکوٗمتن آمدنُک کانٛہہ ذریعہ۔ اوٕ
موجوٗب اوس اکھ زمیندار دانہٕ وغیرہ پیداوان تہٕ حکوٗمتکو کارندٕ اۍسۍ یہ
جبرن حاصل کران تہٕ عام لوکن تنٛگ تنٛگ کرناوان۔ مجبوٗرٕ کرٕ ووٚصوٗل کرنہٕ
وِز کوتاہ ظُلم اوس یوان کرنہٕ چھُ یتھ باگہ پیش سیدان۔

ہٕوقہٕ درحق پروردگارن
یارٕ مجبوٗرٕ کھوٚنتہٕ زمیندارن

ڏوکھ مڪائي پيهڙ سر آهن

وقتي ويڙ باز ڪوڙيکھ آهن

ٿوئي بڙ ڪنهه ڇڇنهه زرداڙن

يارو مجوزو کھوٽ زميندارن

کھل تا سيهه ڪرکھ آبادي

ڙاکھ الکھان زيادي زيادي

داند وائيکھ مرگرت ارن

يارو مجوزو کھوٽ زميندارن

ڏهه رهه پيهه موهنگ مو ڪلوڪھ

وڏڙ واليين ارمان ٺڪوڪھ

پوٽ ڇيرهه ڇڇاکھ پڪڙ ڙارن

يارو مجوزو کھوٽ زميندارن

دانهه لوڱکھ ستهه يا اٿي

تيل ڏيان اسي ڪنو شيهي

کھلهه اندر ٽي ڪيهه ڇڇنهه لاڙن

يارو مجوزو کھوٽ زميندارن

پڙهه طرفي ووهه هوَل هالا

ڪوڙکھ عرضنا، بالا بالا

زیادٕ غارِتھ کوٚرنے شہارَن

یارٕ مجوٗزٕ کھوٚت زمینٛدارَن

جمع یا مَنتھ کوٚرہَے مآلی

بَدلہٕ منٛجبکھ مٲلیَس شآلی

تہِمے کاکَد سوٚزکھ دَربارَن

یارٕ مجوٗزٕ کھوٚت زمینٛدارَن

حلقہ دارَن چیپہ چار پووکھ

دوہہَن اندر تفصیل بنوٗوکھ

سیرَن، پاوَن بیٚیہ خرِوارَن

یارٕ مجوٗزٕ کھوٚت زمینٛدارَن

بَس وُژھمرٕ اُس از غاٸبی

تَس خوشکس لیکھنہ آو آبی

تَتھ آنٛکار کوٚر سرکارَن

یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمینٛدارَن

کمتھ کرَہے پموٚچکھ والیو

وُنستا مَتھ نفع کھیو ہالیو

توٚرے بھا لوٗگکھ نصف کاشتکارَن

یارٕ مجوٗزٕ کھوٚت زمینٛدارَن

کنھہ کرٕ ہے مشرے مالو

ماملس کوٚنہٕ بیٚنِہ ہٕنْ کھالو

مُشرووُکھ بنٛدو بٕستہٕ لارٕن

یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمینٛدارن

ہانٛز اُسو وارٕ تولسناوٕن

دٕرد سیتی چھس گرٕد پھُلو ٹراوان

آب چھُو کھٕے بڈٕہن انٛبارن

یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمینٛدارن

نکھو مُجوزٕ شٕہر تام وُوٚلکھ

حاکمن رٕنشہٕ یارٕ بلہ پیٹھ کھوٚلکھ

یس چھو ناں اوس تس اُسو مارن

یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمینٛدارن

گڈٕکھ چیر اُسو گامے گامے

نیرخ ٹھوٚوُکھ پانٛژہ منہ خامے

اَتھ موٚرِتھ نیوُکھ لاچارن

یارٕ مجوزٕ کھوٚت زمینٛدارن

حال بدٕ گوٚس برٕشادی

گگیہ لوکن بے اعتمادی

پٹھوارِ لوزٕ کٔرِی دِیارَن

یارٕ مجُوزٕ کھوٚت زمیٖنداران

ساقی صاب چھ کأشرِ لکہٕ بأتہٕ کِس تریٚہیمِس حِصس منز

اکھ وَنہٕ وُن پیش کَران یُس صرف سیاست چھیٚ۔ یتہٕ چھُ پَرن وٲلین

رکِژ پیٚشِس خدمتھ:

زانُو دُنیا یُن گرٕژھن برٕم چھُ سمسار

اوس قونوٗن انگریز کیا زورا وار

أچھ ووٚنس اوٚبرٕ کھوٗرن ہوٗل گنٛڈِتھ دٔرٕو

نٔخیف تحصیلدارَن کوٚرٕن

پٹھوأرِ پَتہٕ روٗدِ کھ بٔتیہِ گرداوار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

ژرحم رٹِن یام مُژرٕ شرانہٕ کھُٹِس بَر

کرٕ کھ لاأیِس فأرسٹرن غوٚصہٕ مبا کر

یاروزسے بے طہارت ننتہ بروسے دیار

اوس قوٗنوٗن انگریز کیا زورا وار

زنانہِ اٗکِس کیشاہ تام پرٕژِ لوشیٚمے لور

کرٕ کھ لاأیِس کاڈٕ راکھَن کور گرٕژھک اور

یا روزنے بے طہارت نتہ برٕوٕے ڈیار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

دوٚن گرٕن ہٕنٛز عدالتھ گران تحصیلدار

تِمَس پیٹھ چھےٚ گورنرٕی کشیرِ دربار

چندٕ کرٕتھ تاونس پتیہ سارنٕے دِنی ڈیار

اوس قونوٗن انگریز کیا زوراوار

وُنہٕ وزیرٕ پمٕ راکھے لگی گیاہ کامُن

بُتھ چھلنس سیاہ مٔرن کرٕہے کامُن

کتھٕ پیٹھ زنانٕہ خاوندن لیکھان موٚکلا

اوس قونوٗن انگریز کیاہ زوراوار

کشیرِ ہٕندِ سیاستَن چھہ وارِیاہ رنگ وُچھی متو۔ یُہٕ سیاست تہٕ چھےٚ اَسمرٕ تہٕ گُنہٕ سانہٕ چھےٚ آبہٕ سیاست تہٕ اَسمرٕ۔ نُنہٕ سیاست گےٚ ۱۹۴۷ ہس منٛز شوٗرُو پیلہٕ پاکستٲنی نوٗن کشیرِ منٛز یُن بشند نٔید۔ کینہہ کال پتہٕ کٲشرِس پہٕ تہٕ بنٛتھ آو، تِمِسٕ کُن خطا کھول تِم ہندوستٲنی نوکنس۔

کٲشرِ سیاست چھےٚ وِدِ وِزِ دراگَن پیٹھ مُشتمل رُوزمٕژ۔ یِمو منٛز چھِہ نوٚنہٕ دراگ، بنتھ دراگ تہٕ آبہٕ دراگ شامل۔ بہ کرٕ ساقی

صاحبن کتابہ "لکہ باتن" ہِنٛد ژۄرِ مہ جھیہ منٛز کینٛہہ نۄمونہ پیش :

(۱) نوٚین ڈراگ

زاریوز نبٕو وارِ دیوٚ تار
نوٚین دادِ زایہ گےٚ کمَ مدَن وار
نوٚن گوَ دژوگ تےَ بنّیہ نابوٗد
کھیتہ چیتہ سائنس کھینس کیا سوٗد
پاکستانٕو کوٚرم ییٚلہ زور
کشیرِ منٛز نوٚن گوَ غائب فلقور
کالہ پیٛٹھ صبح تام لوگس زن نار
نوٚین دادِ زایہ گےَ کمَ مدَن وار
نیٚبرِیمُ نوٚت یام منٛگہ نوٗکھ
سرپنچ کمیٹی کرنہ تھوٗکھ
اٮ۪جی یتہ غلقن بے شمار
نوٚین دادِ زایہ گےَ کمَ مدَن وا

... ... ... ... ... ...

نوٚین جہازا آکھ منٛگہ نوٗکھ
ہوائی اڈس پیٛٹھ بیہہ نوٗکھ

نوٚن نیشُو حاکموٚ اَسہِ کرٕکھ لار

... ... ... ... ...

وَرٕ مُلہِ اوسُے اَکھ نوٚنیُر وونی

تیچہِ واد روہہیٚن کوٚرُے تمہِ پونی

بنگلہ بنوونے کیشاہ شُہرٕ دار

نوٚنیُر داد نٲیہِ سگی کمہٕ مَدَن وار

(ب) آبہٕ ڈراگ

گُمنامہ سگی غالب رٔژ توٗ ہیٚن

کَمہٕ ستم اَسہِ کٔرِی آبہٕ ڈراگن

... ... ... ... ...

یورٕ آبہٕ والیو یامہ تُل شورٕ

گورنرس فریادہِ سگی فیلفور

وٕرژھ وانٛژ تَس حال پاوُن

کَمہٕ ستم اَسہِ کٔرِی آبہٕ ڈراگن

. . . . . . . . . . . . .

گورنر دوران آو نیٚبرٕ بٕتہٕ

شُرٕ ورٕتہٕ ڈیٚرٕ تمہ ترووٕ ہیٚتہٕ

ٺهندي پئي ڪٿ اوس آب ڇڇيران

ڪم ستم اسي ڪري آهه ڏراڳن

موقعي تمو سوُر تحصيلدار

تس پيٺ لوکو کوڙ يلغار

نائب اوس تس حال باڍان

ڪم ستم اسي ڪري آهه ڏراڳن

. . . . . . . . . . . .

حاڪم ساڙي هارڪ آسے

ٻليهه والي ڏيس هيٺ واپس ڏرائے

پڻن سيتي لکهه اسي ڪلهه ڇڇ ساڍان

ڪم ستم اسي ڪري آهه ڏراڳن

(ت) بتيهه ڏراڳے

نازنينه سوه خنن ٿهسا وکهناڳن

سيتيجه ٽجو بتيهه ڏراڳن

. . . . . . . . . . . .

يمن سنے اوس ڪانشيه تموڪوڙ سطے

شرفاتيه دال اسو ژهاندان وصے

غلہ دار غلس اُسی لوٗٹھ ژھاران

ستیجہ تجُو بتہٕ ڈراگَن

. . . . . . . . . . . .

اَدہٕ زمیندارَو تُل ہہ شور

وزیر توٗت موقس ووت فلفور

سہٕ ہا اوس فقط زِنو یِگہ ناوان

ستیجہ تجُو بتہٕ ڈراگَن

(۵) شہلابے

سِکھن ہُنٛد دور تہٕ اوس کشیرِ منٛز ظُلمُک تہٕ جبرُک دور
تَوے پیوٚ شاعرس شہلابَس "شہلاب سنگھہ" ناو دِیُن۔

یہٕ ہا اُسس خواشی یِیے پروردگار

شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

جُماہ دوہ ییلہ اوٚبرُ گوٚرنے

کشمیر سوُرُے ویسہٕ رووسنے

ہاٚ بتھہٕ ژکَن گوٚ کیتو گے مار

شہلاب سنگھ گوٚ زوراوار

وٚنے ژشبہٕ آرَن کیٛا کوٚر زور

منٛدورِن گے تَل ژور پور

وَونس کھاُرِیونےَ بڈِی ٹھیکدار
سٔتھلاب سنگھ گوَ زوراوار

. . . . . . . . .

گوٗرِ بوے وَنیہ لوٗگ بگوانس
زوٗد ما چھُ گوٗمُت اَسمانس
گرِس منز ووٗزِتھ گو بَتہٕ مار
سٔتھلاب سنگھ گوَ زوراوار
روٗد پیوٚ دانس تہٕ مکایے
چھَلہِ چھَلہِ داب جنےَ رنگہ جایے
دال کچھٕ پیرِ گیٔہ وَتہٕ لوٗگ تار
سٔتھلاب سنگھ گوَ زوراوار

... ... ... ... ...

یمن گرٕژٕ والین کیا اوس نش
تِم اٲسی خلقَن کرانےٕ کھَش
خوٗن ناحق اٲسی کھیوان بسیار
سٔتھلاب سنگھ گوَ زوراوار

... ... ... ... ... ...

دان ڈل بناؤن پلہ ماؤدان
پادہ سیہ اوس کلہ رگھوان
دائیل ونمے ٹلن گٹھ کاد
شہلاب سنگھ گو زورا وار

کرشن ہتہ رام باغ گو ڈھوونی
سوٹینگس تنج کلہ دگ پائنی
اُلوچہ باغس دوّلتہ گرد غبار
شہلاب سنگھ گو زورا وار

... ... ... . . . . . . .

کیا بے عار گئے ریم غلہ دار
ژمہ ڈبلر لاج ہے تمو سرو گھار
بار صاحبو اسہ ژیے دزہ تار
شہلاب سنگھ گو زوراوار

... ... ... ... ... ... ...

وزخ وچھتہ کم کم گئے دلگیر
سار دیے گوڑیے توبہ تقصیر
غلہ دار ھو ندقن بیٹھو شاہ مار
شہلاب سنگھ گو زورا وار

سیلابہ ( منور شاہ )

دِتنُن آب بارانِ پوٚت نیرنی

پھرُن رۆد پہلین ستتن پیرنی

ژٕمینس گُنے حباہ کھُوون پٕہ گنڈ

بکروال والن بھے مینشہ مرنڈ

وَدان آسہ گجراںٔ میرسے ربا

بلا کیا ہُوا یہ بڑا سے دبدبا

دِ ھقن آب باران شیرا ئیرس

ٹُلے پاپہ چھن ڈالہ ماران اوس

دِوان نالہٕ قادِر جُوسے پالہ اوس

گنڈسے لانکرسے ہیُرٕن بۆزتھ تہُر

رہٕ گے زناہ ڈولہ ہِمندی کہُر

دِژھن ژٕکلس دانٛد واٛیرن ڈوپور

پیٹلے آند وند ساری وہے لوگ شور

بَتہٕ دۄاگہِ پَتہٕ پیٹلہ زانٛہہ غلہٕ سہ کال گو ، کأشرو گیوو پھِچھ

کنمہ : خبرٕشی آس نبئو پس ڈون یارن

فعلہ ارزان گو سرکارن

گامیہ پتہ نمبردار والہ ناٸوکھ

ہیدا ایتہ ذاٸل دار بوڑ ناٸوکھ

حکم ناطبق کوڑ تحصیل دارَن

غلّہ ارزان کوڑ سرکارَن

حاکم مو زوردار حکم کڈی ہے

ڑوہ وا پاڑی غلہ دار ریٹہ واٸلی ہے

گوہ ناہ بیسلہ کمَ گے نادارَن

غلّہ ارزان کوڑ سرکارَن

ساڑی ذاٸل دار سوہ براٸوکھ

وارہ پاٹھو حکم رتم بوزہ ناٸوکھ

اُنارو جلدی پتا اوکن

غلّہ ارزان کوڑ سرکارَن

ہشگہ دار تاٸمیل کرہ ناٸوکھ

تامیہ گوم جنس رتم برہ ناٸوکھ

تن وڑ کارس نمبر دارَن

غلّہ ارزان کوڑ سرکارن

لسہ حاٸتہ کوڑ نے زور تکرار

جنسٔ ہساٸ کھیتی پیم زمیندار

نارُ تُل ٿيهه پيهڙ ٿو ڪوءِ ماٿن

سَغَلي اَرزان ڪوٽ سرڪارن

اَدِءِ هَسائي ذائِل دار تَن ڏِياوَن

گامهءِ گوم چيراسي پَٽهءِ ٿِياوُن

گيهڙِ ڪار سُتليءَ ڏوهن طَرفَن

سَغَلي اَرزان ڪوٽ سرڪارن

ٿيندل زَن چپراسي پَٽهءِ ٿِياوِڪ

زميندار ڪُڇَن تام ڏُوءِ ناءُوِڪ

پيادءِ رُوديءَ پَٽهءِ ٿم عام لوڪَن

سَغَلي اَرزان ڪوٽ سرڪارن

گاهڙ پيهڙِ دانهِ ڇُڪه والهناوان

سداه ترڻج کهار ڇُڪه تولهناوان

بيءُ بوڄ ڪوتاه ڪيتهِ لَگهِ ڙهين

سَغَلي اَرزان ڪوٽ سرڪارن

گاهڙ پيهڙ آڏر يِي ٿهوُوڪ

دانهس ڇهج تَنهِ ڪرنوُوڪ

ٻهاوڪيشاه لوءُ گَمٽ ناوءِ هاءُنزَن

سَغَلي اَرزان ڪوٽ سرڪارن

ٹنڈو وائیس یٹس گڑھی اسو داہ

دوہیس منڑ اوس وٹان ساڑ اَرداہ

وَتِہ وَتِہ وَر دِوان اوس گونڑشھن

غلے اَرزان کوڑ سرکارن

ڈوڈر پیپھٹ گڑھی ہٹن گئیہ مقسود

ٹنڈو وول اوس وَنان انصاف کر

نیچ پہٹن بٹیہ دِتِہ تکاسہ لاڈوی ہٹن

غلے اَرزان کوڑ سرکارن

... ... ... ... ... ...

پھٹوار پو ڈوی لڈھہ جو دیبار

حصیہ دار اوشکھ یگر داوار

ہٹیس گوم خام تے خام پہن

غلے اَرزان کوڑ سرکارن

نمبردار اوشکھ منشزم یور

ڈرائیز تمو لڑ لڑ ڑور پور

اَرداہ چاپہ اوس دوہٹس پھیوان

غلے اَرزان کوڑ سرکارن

موتی لال ساقی صابن یمہ تہٕ لکھ باتھ کن ہنٛز کتابہٕ اکیڈمی ہنٛدِ وساطتہٕ شایع چھےٚ کرٛمٕژ، تمو منٛز کرٛ وٕہو نبہٕ کینٛہہ شار بیٚیہ یمہ تمام شار چھ سیاسی موضوعن پیٹھ آمتی لیکھنہٕ۔ اما پوٚز یمو منٛز آسن کینٛہہ شار ورگہ پاٹھو سیاست ورتاودان۔

یٚیتہٕ چھ موٗٹر وتہٕ چھےٚ گنٛدر

تتہٕ چھےٚ وزیر وزارتھ

ژندہ نچھ ژہنہ ژاو سماوارس

اندنک لالہ ذراو باپارس

... ... ... ... ... ... ...

لالہ چھ گوٗمت اُلی مشہدے

سالی کشیرے سال کرِہ زیس

لالہ چھ گوٗمت شیر گڑھ دفترس

تتہِ کین افسرن سال کرِہ زیس

... ... ... ... ... ... ...

سینہ چھکھ لوٗٹ تےٚ تگہ یا لیکھنے

یٚیتہ گرٛٹھی ہیف بج آسوے

... ... ... ... ... ... ... ...

شرانڌ کُٽ اُنڊر ۾ ڇکي کھر ڙيبه نے

امريڪن صاحبن ڏٻ سپنے ڪيسته

... ... ... ... ... ...

سوٽڙ ڇپے انگليند ٻوٽ هندستاني

ٽوپڙ ڇپے پاڪستاني سے

... ... ... ... ... ...

سونهڻ سينڌ کهوٽے اصلاح هميو

مصر ڪہ بادشاه زادو ٿے

... ... ... ... ... ...

دفتر اُنڊر ۾ پُٽهو ها ليکڻ ڏے

آفسرس ها ڪاسه ناوويو

... ... ... ... ... ...

پادشاه ڪوڙي بشند ڪرَ دفترَ

ٻوهنڻ ڪنہ آفسر ڀراران پڇي

... ... ... ... ...

ڪورسے ماسلے رکھو اوسے حاصل

گوبرسے مول دڙوسے تحصيلدار

مالِ چانی تھووے پوشہٕ گوٚنڈ تالوٗس

پانہٕ ڈراو حاکم اعلیٰ سیتو

... ... ... ... ...

یژمن بائی اَتھ روبہٕ خانس

اَفسر تہٕ لیڈر بیٚہنے آسے

نوٚنہٕ جمعے شوٗبان چوٚنہٕ سامانس

اَسہِ داہانس زٲژہ یِہ تہٕ دود

. . . . . . . . .

حاکم لاگِتھ بیٚیر جنگلس ستے

فقیر لاگِتھ آنگن ژراو

... ... ... ... ...

دفترن اَندرے چھیٚٹ لیکھ باویو

افسر خط تھاوہٕ ناواٲیو

تل پاتا پکہٕ شاہ ئیندرانے

جِگرس ستھ چھم چونے ناو

ژھانڈتھو روم و شام شہرکرانے

اَتہٕ وُن سون مہرازے آو

شالِ گنٛگا سے کیٖتاہ گوٚر کار

ٹھَدِ ٹھَدِ گامَن کرٕنے لار

نہ روٗدی بعہ چھہ ہیٚتھ سنے غلہ دار

سٹھاہ سنگھ گوٚ زورٲوار

... ... ... ... ...

قیامتھ گیہِ بَرپا اَتہٕ ژھایہِ کیٛا سا پچھو

دوٚہ پکھ باٹٔڈٔن دَو ٹیٚلو بیگارِ نیٖرو

حِرف بوٗزِو کرِکھ ساریٛ لوٗکھ گرِفتار

آبہٕ گرٕژھتھ وٕژھ بہر جا گوٚہ نہو کرٕہی خار

... ... ... ... ...

ہیڈر صابَن دوٚپُے اَتھ کیٚتھ چھُ چارے

پنٕن جا جٕتھ کٔڈٔن گرٕژھ زور زارے

روٗژن ڈانٛڈٕ، ژاٹٕن گُل لمبردار

آبہٕ گرٕژھتھ وٕژھ بہر جا گوٚہ نہو کرٕہی خار

... ... ... ... ...

لنٛدنہٕ منٛز حُکُم آو ژھۄ داہ ؤری شٔن

کشیٖرِ منٛز کرٕنہٕ آو ڈایہ ؤری شٔن

پتھو وِے مأتی یُو تُل گرٕ کار

در ملک پینٔہ وأتی گے اظہار

... ... ... ... ...

کم گٔنڈ در پنجاب اندر، کٔشیرِ ترٲن نا

کم گٔنڈ در سوٗندر سہ ندر کٔشیرِ ترٲن نا

بَرٕ گأہتوے مِتھ پتھر کٔشیرِ ترٲن نا

... ... ... ... ... ... ...

وَنہٕ وُن چھُ کأشُر زنانہٕ ہُنٛد سُہ مزاج یُس گٔنڈتہٕ خوٚشی وزِ پھُٹتھ چھُ نیران۔ یہ خوٚشی ہُنٛد دوہ چھُ تیمِس اَکِس چھو برس تہٕ چھو برِ ہُنٛد کھاندرِ بٔنان۔ کھاندر چھُ زنانہٕ ہٕنٛد خأطرٕ اکھ سُہ دوہ یتھ پیٹھ سُہ پننۍ احساسات وِرٕچھ نأوِتھ ترٲوان چھےٚ۔ وَنہٕ وُن کرٕنہٕ خأطرٕ چھُنہٕ اَمِس کانٛہہ حیا یا بٔنٛدِش سہ چھےٚ اَمہ دوہہٕ پھُٹتھ نیران۔ حالانکہ چھےٚ زٕ تعلیم یافتہ زنانہ تام چھےٚ وَنہٕ وُن کرٕنہٕ خأطرٕ تمام انانیتھ جامہ نیبر کڈتھ ژھنان۔

وَنہٕ وُن چھُنہٕ صرف کھاندرس پیٹھے یوت یوان کرٕنہٕ۔ بلکہ یمہ پیٹھ تحریکِ آزأدی شورو گیہ۔ وَنہٕ وُن لوٚگُکھ لیڈرن ہٕنٛد کرُن۔ سُہ شیخِ کشمیر آسہِ تن یا مومولی علاقہ لیڈر آسہِ تن

کأشِر زنانہٕ چھےٚ تمِس وَنہٕ دان تہٕ تمہٕ سٕندِ خاطرٕ پننین جذباتن
عکاسی کران۔

کأشِر زنانہٕ چھےٚ لول تہٕ موحبتھ۔ تمِس نِشہٕ چھُ موحبتھ اکھ
عظیم حقیقتھ، یُس سہٕ انسانہٕ سٕندِ خاطرٕ سیٹھا ضروری چھُ۔
مأجہ کٕشیرِ ہِشرٕ ہہٕ کوٗرٕ چھےٚ پُر خلوص لول پننِس تہٕ پرٕدین لکہٕ تل
وتھ راوان۔ سہٕ چھےٚ اکِس مردٕس لرِ لوٗرٕ اچھن بیٹھ جاے
کرِتھ زندگی ہندین رازن واقف کرناوان۔ سہٕ چھےٚ اکھ حسین
پیکر یَس برٛونٹھ کنہٕ پٔتھ پننہٕ تہٕ پرٕدٕ اللہ وصمد چھُ پران۔
تمہٕ سٕند وَنہٕ وُن تہٕ چھُ تمہٕ سے ہشوٕہ حسین۔ سہٕ چھُ تمہٕ سٕندین
جذباتن ہِشرٕ میلوان تہٕ یہ وَنہٕ وُن چھُ کأشرِ سٕنٛزِ سیاست، اقتصادیات
تہٕ اخلاقیات تہٕ۔ کأشر زنانہٕ چھےٚ زونہٕ بیٹھ کھٔسن وألس بیٹھ
موموٗلی "اُتھ چھلنس" تام کین عاملن پیٹھ سوچتھ ہکان تہٕ تمن
پیٹھو فل بدیہہ تُک بندی منٛز بٔشد کرِتھ اَسہٕ برٛونٹھ کُن تھاوان۔

وَنہٕ وُن چھُ لول۔ بٔرتھ لول تہٕ اجتمائی لوٗکٕ اکھ مجسمہٕ، یہٕ لول
چھُ آفاقی، یہ لول چھُ اجتمائی، یہ لول چھُ انفرادی تہٕ یہ لول چھُ انسانی
بیٚیلہٕ یہٕ کأشر زنانہٕ کأنسہٕ تہٕ محبوب لیڈرس لول بران چھِ تیٚیلہٕ چھُ سُہ
آرٕ ہرٕ ژٕ زبانی منٛز بیتھ کنہٕ گیوان:

چینٛگ مخمل وتھرِن ییِرن

از کوٚر شیرِن جان تقریر

بٲیہ چھس وَنان :

مرحبا کَرتو جانٕ جانانس

تس پہلوانس آبروے آہ

رومس تہٕ شامس بٲیہ مُلتانس

زِندٕ ووٚلہ گنڈنے مادانس

سوے خبر گیم ہندوستانس

تس پہلوانس آبروے آم

کاشرِ وُچھ دہ ہے سیاسی وہ تل ہُجہ تہٕ تمی سِندی لیڈر

تہٕ تمی سِندی شرِم رۆدی دہ ہے ظُلمہ برداش کران۔ کاشُر موٗزوٗر ،

کاشتکار ، زمیندار ، کالباف ، خاکروب ، چھان ، ڈیل تہٕ ووستاد

بیتر رۆدی دہ ہے ظُلمس منز نتیجہ ڈراو زِ شیر کشمیر سنٛز دلآویز

شخصیتھ گے پادٕ۔ شُہ ییٚلہ واریا ہہ لٹہ جیل آو نینہٕ ، کاشُر

زنانہٕ ڈرایہ تمی سِندِ خاطرٕ ییتھ کنہٕ گیوان :

شیر کشمیر سنٛز موج وَدانی

بستر چھون چھُم دورانی

پانہٕ چھکھ سوٗرنیک گرٕ چھےٚ چینک
دینک مقدمہٕ زٕ ہینتھ آکھ

●

شستر ڈنڈن پیٹھ تلہٕ کرٕ ڈاے واہل
دہ منٕ زیٚن چھس تلہٕ کنہٕ دزان
اُسی حسن کرٕوے پادن سر قرٕبان

●

سوٗدرٕ منز ڈرا کھوسعہٕ بنٕہ کنہٕ دوٗرو
جنگ بہدٕورو کر تقریر

●

شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ
کھسِہ سٹیجس پرٕ گھڈٕ بسم اللہ
یی دوٚ خلقو سمی وو خلقو
کرٕ تقریر شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

●

سوٗرٕ کیہ بسکینہ شہرکہ نوٗرو
کرٕ بہدٕورو زٕ بیٚے فدا پان

سرکار اوسُس تتہٕ مانانہٕ
شیر کشمیر شاہَن دٕژاو
گرم چھُس تتہٕ کٔڈاے سرد گوٚر پانٔے
شیر کشمیر شاہَن دٕژاو

•

جیلس منز اوس یَندرِ کاتُن
بادِل شہ اوس نیرانی
سرکار اوسُس تتہٕ مانانہٕ
شیر کشمیر تتہٕ شاہَن دٕژاو

•

جیلس منز اوس فاقہٕ دیوانے
افطار نو اوس کرانے
ژۄرے دہہ دٕ دام اوس چیوانے
شیر کشمیر تتہٕ شاہَن دٕژاو

•

شیخ صٲبہٕ لگہٕ یو دگہٕ نٮ۪ن شانن
بٔتیہٕ اقبال کیٚن نِشانن

جوہر پیٹھ آسس تمہ یوانے
پونڈ سیٹھا آسس تو لائنی
سُہ پونڈ اوسُس زیادٕ گرٛشھائنی
شیر کشمیر تتہ شاہانہ دراو



جیلس منز اوس گرٛزٕ پہاسنے
دہ ہٹھ دہ ہٹھ اوٹ اوس کڈانے



جَل وَلو جَل وَلو شیرِ نزو
بشٹٕ پور محاذس کورُن تقریر
ناو پیوس عبداللہ شیرِ کشمیر
سیٹھا سیٹھا بیگ صاحب چھا اکھ لیڈر
جَل وَلو جَل وَلو شیرِ نزو



موٹرس چانس کیاہ چھُ سامانہ
آو پوٗز دینِ اسلامک سیٹھا
موٹرس تہندس لال وَتھرنہ
دینک تاجدار میونے دراو

ییٚلہِ دۄ پھیرے وَس تیٚلہٕ کٔرٲے

گوکھ لاران سے بے پرواے

گٔگے حاٲران تھٔدر سرمایے

اقرارَن چانین سَر قوربان

●

چینکُس مخمل ووہ کھترٕن ہیرٕن

ازٕ کوٗر شیرٕن جان تقریر

سوٗر کرِ بسکینہٕ چینہ سے تاجو

دینہ سے تاجو مُبارکھ

●

خانقاہِ مولے حوٗرٕ آیہ وینہٕ وان

محمد عبداللہ چھُیے بہو دُرے

پانہٕ چھُک سوٗ ٹیکُ گرٕ چھُے چینکُ

دینکُ مُقدمہٕ زٕ ینچھ آو

●

شیر کشمیر سٔند بٔنیہ اشیہ نوٗرے

ہری صاحبنی کوٗری سے

خانقاہ آسہٕ وٕنہٕ وان چور سے
شیرِ کشمیر سٕنٛز بُہدورے

•

گلسنو کیشن بڑوٚنٛہہ کُن پکان گوٚو
یٔہعہ سے رنگ آنان گوٚو میاں شیرِ کشمیر

•

وُنی کینہ نہٕ چھُ لکہٕ بأتھ بنان تہٕ ۱۹۴۷ ہس پیٹھٕ چھُ یمن ہُرہر گووٚمت۔ یم ہیکہ نہٕ وُنہٕ لکہٕ سیاستس منٛز شأمل گژھتھ تکیازِ وُنہٕ چھنہٕ یم زیادہ وقتس جأری روٗدی ہیتھ۔ اگر وقتن یم بڑونہہ یکناوی یم گژھن لکہٕ سیاستس منٛز شأمل ورنہٕ مرن ہمیشہ خأطرٕ۔ اَمِکو اکھ نٔو نموٗنہٕ کرٕ بہ پیش۔

وقت اوس دِگر ہوٗسے، گٔرگوٚو بہٕ نیوٚمس رٹتھ ورمُل
شمبو ناتھن ڈنڈٕ تولنے، وٕچھن بے وایہ آزادی

•

دوٚیمہ مُلکس دِموٚ آسی تازٕ دوٚستوٗر
اَنٛدکھ پٔرتھ جایہ کاندرتہ بٔلیہ گرموٗ ژوٗر

•

بٲتن منز یوسہٕ تہٕ لُکہٕ سیاسَت موجود چھےٚ سۄ چھےٚ بالاٸی
طبقچ سیاسژ بیچھ اکھ طنز تہٕ ٹٕسنہٕ۔ وجہ چھےٚ یہ زِ یہ چھےٚ عام لوٗکن
ہنز سیاسَت تہٕ یہ چھےٚ سیاسی تہٕ اقتصادی استحصالس خلاف
آواز۔ یہ چھےٚ آواز نابرابری خلاف تہٕ ناانصافیَن خلاف۔ یہ چھےٚ شوٗد
سیاسَت تہٕ اَتھ منز چھنہٕ اغراض۔ یہ چھےٚ بے غرض سیاسَت۔ یہ چھےٚ
سۄ سیاسَت یتھ منز اقتدار حاصل کرنچ نیتھ چھنہٕ۔ یہ چھےٚ اکثر
بالاٸی طبقچ سیاسژ خلاف۔ یہ چھےٚ مخالف سیاسَت یوسہٕ عام
لوٗکن ہندین احساساتن ہنز عکاسی کران چھےٚ۔ لُکہٕ بٲتھ چھ اکھ فِل
بدیہہ آواز، یوسہٕ ضمیر بیچھٕ وٕتھِتھ آسمانس سیتھ ٹکراوان چھےٚ
اَوے موجوب گژھنہٕ حُکمران طبقس یا بالاٸی طبقس یہ فخر آسُن
زِ تِم یہ کران چھِ سُہ کیاہ چھُ ژوٗرِ روزان۔ تِمن پزِ یہ خیال کرُن
زِ تِہند ظُلم تہٕ جبر چھُ کُنہٕ جایہٕ لیکھنہٕ یوان تہٕ تاریخ چھُ تِمن محفوظ
تھاوان۔ بالاٸی طبقُک تہٕ حُکمران طبقُک پروپیگنڈا ہیکہٕ نہٕ اَتھ
ختم کرِتھ۔ لُکہٕ سیاسَت چھےٚ اَمہٕ پروپیگنڈانِشہٕ بالاتر۔ سۄ چھےٚ
دٔقیچ آواز تہٕ حقی آواز۔

# سیاست تہٕ لُکہٕ پأتھر

پروفیسر حاجنی صاب چھ نثرٕچ کتابہِ منٛز کأشرِن شاعرن مُتعلق لیکھان زِ یمن چھُ اَدبہٕ پیٹھٕ یہ شکو روُدمُت زِ یہ دُنیا چھ اکھ کاوٕ ییٚلہٕ وول۔ نتہٕ اَکھ باںٛڈٕ جشنا ییٚتھ منٛز نوٚی نوٚی پأتھر چھ یِوان چارنہٕ۔ حاجنی صاب چھ اَتہٕ یِم شعر تہٕ شامل کران:

سٕہمے زٕن باںٛڈٕ جشنا زان<br>
گژھ ہس ییٚتھ تیٚتھ گنڈُن سامان<br>
نوٚوُے نوٚو پأتھرا ہیتھ آو<br>
نیٚندر موٚتراو نیٚندر موٚتراو (کرشنہٕ رازدان)

پروفیسر حاجنی صاب چھ دیوان وہابس منٛز باںٛڈٕ رقص ناوٕ اَکھ نظم تہٕ ترتیب دِوان یوسہٕ حضرت وہاب پریٚن لیچھمٕژ چھےٚ۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھ باںٛڈٕ رقصہٕ تہٕ پأتھرس مُتعلق غیر متعصب جذبات اَمیٚک پیش کرنہٕ۔ وہاب پرے چھُنہٕ دُنی کینہ گنہٕ تأریخک مواج۔ تمن مُتعلق چھُ حاجنی صابن ترتیب دِنہٕ آمژ کتابہِ تہنٛز شخصیتھ دوبالا کرنس منٛز مدد دِوان۔ یِہنٛز نظم باںٛڈٕ رقص کرنہٕ مُن وعن تقدٕ پیش:

ڇھي گھه ناه ليکن نصيحت واريءَ در باندڙ رقص

ڇھ ڪران ظاهر خجالت پيش رو تم راندڙ رقص

ٿيڻ آڪس قومس اشاره تم ڏوان ازنيڪ بد

تم ٻيئين کھالان خرش هوان بهانہ ساندڙ رقص

ڇھي بر مستوران خجالت بيگم راجه لبغاءِ

دردي راجن ڪرشنداهت تا حقارت لوئندڙ رقص

مجرمس تنبيه ڪران تم در سياست روسياه

ڇھ اشاره بدڙ نصيحت عاقلان از واندڙ رقص

نقل از بد خوئي عابد شڪل بد ڪاذب بنان

عقله ڪنه بوزان نصيحت عاقلان از واندڙ رقص

گم رهڻ ڪاڙاه خجالت ڇھڪه ڪران در پيش رو

بر دهان مشرڪان شرم و خجالت خفاندڙ رقص

هوشيار رو از اشار ٿيڻ کھڻي مضمون بوز

رقص وقت وقتہ زيبا ونتہ نيبا ڙهاندڙ رقص

اي وهاب از رقص رندان رقص ها برعکس ڇھڻ

تمه رقصيه نيشه سوڙي هوڻي ووڙن ڪاندڙ رقص

باندڙ پائتر ڇھه ڪاڻترهه سينه خاطر تيوت ٿڙون لوڪن شه.

پانہٕ چھُ۔ ہرگاہ بانڈٕ پأتھرِچ تأریخ ژارنہٕ لگو سو یِیہِ نہٕ اَسہٕ کینہہ تِکیازِ سأنی زبان چھےٚ وُنہٕ پھانپھلان تہٕ بڈٕ تھٕڈ کالہٕ اوسنہٕ اَمہٕ کِن مختلف صنعتن کُن کانہہ توجہ دِوان وِنہٕ۔ اَسہٕ پزِ حضرت وہاب پرین شُکرگذار روزُن زِ یِمن شارَن منز چھُ تِمو اَسہٕ بینہٕ وقتہٕ کین وارِیاہن پأتھرَن ہِندی ناو پیش کٔرِمتہٕ۔ یِمن منز چھُ رانڈہٕ رقص یتھہ منز بے اَدب کتھن مُتعلق پأتھر آسہٕ دِوان چانہٕ۔ شانڈہٕ رقص، لونڈہٕ رقص، راجہٕ رقص، وانڈہٕ رقص، بھانڈہٕ رقص تہٕ کانڈہٕ رقص ہِی پأتھر تہٕ چھہٕ اَسی میتہٕ دِوان لوکن ہاونہٕ۔ راجہٕ رقص چھُ وُنی کین دِوان راجہ پأتھر ناو دِنہٕ۔

کٔشیرِ منز چھہٕ وُنی کین تہٕ بانڈ موجود تہٕ ہرگاہ یِہنز پُے تہٕ ہونر یِیہِ نہٕ موحفوظ کرنہٕ یہٕ صنعت گژھہِ ختم۔ وُنی کین چھہٕ اَسہٕ گمرازس منز تہٕ مرازس منز وارِیاہ تِم گام یِمن منز تِم بانڈ چھہٕ روزان یِہُند خصوصی شغل چھُ جشنہٕ کرُن۔ بانڈٕ جشنہٕ چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٹھٕ کٔشیرِ منز عام۔ یِم جشن چھہٕ اکثر گامن منز دِوان ہاونہٕ تہٕ بٔئیہٕ اکثر آستانن پیٹھٕ دِوان پیش کرنہٕ۔ اکثر لوک چھہٕ اَتھ نیچہٕ نظرٕ وُچھان تِکیازِ یِہُند خیال چھُ زِ یہٕ چھےٚ اَکھ کم ظرف صنعت یتھہ سیتۍ اخلاق بگرنُک اندیشہ چھُ۔ کینہہ لوک چھہٕ

اَتھ نصیحتھ کرنکٕ اکھ خاص ذریعہ زانان۔ بہرصورت تم گام یمن
منز وُنی کینہہ تہٕ بانڈ چھ موجود، یم جشنہٕ چھ کران، تمن منز چھ بامبُر
مرس پیٹھ۔ اَمہ علاوٕ چھ بوہنی، پلہالن، گگُل گام، ہتہٕ مُل تہٕ لال
پور، تہٕ بانڈ یم جشنہٕ چھ کران۔ مرازس منز چھ وہ تور، بلہ پور تہٕ
موہور پور گام یمن منز تم بانڈ چھ موجود یم پاتھر زانن کرٕنی۔ یمو
گامو بغائر تہٕ چھ یژھ علاقس منز بانڈ موجود مگر تم چھنہٕ جشنہ
یا پاتھر کرٕنی زانان۔ تمن چھ ڈول تہٕ سورنے حرف ییچھنکٕ اکھ
ذریعہ۔

نوکری برونٹھ روزس بہٕ اکثر بانڈٕ پاتھر وچھان تہٕ مے
چھ یہ تاثر تمن دوہن نہٕ یژھ کانہہ پاتھر اوس اکہ نتہٕ اکہ طریقہ
انتظامیس، حکومتس تہٕ عدالتن متعلق ٹھینہٕ کران۔ بانڈٕ پاتھرن
ہنزٕ چھے اکھ یہ خصوصیتھ زِ یہندٕ غرض وغایت چھُ لوکن
ہندٕ کردار بلند کرُن۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ یہ چھُ وچھن والِس
تام زٕ سہ کیاہ مطلب کڈِ اَمہ منزٕ۔ عام طور چھ لوکھ اَتھ سیٹھا
کم ظرف صنف تصور کران۔ اما پوز ییٚلہِ یمن پاتھرن ہند
سنجیدٕ سان مطالعہ ییہِ کرنہٕ تیٚلہِ شید یہ گژھ واضح زِ یہ چھُ سہ
ہمہ گیر کردار بناونس منز مدد دِیہ ہے۔ کاشرِ بانڈٕ پاتھرچ اَمس

سہ کاٗم یِمہٕ سیٖہ انگلستانس منٛز شیکسپیرٕ سٕندِ سٹیج اوس پوٗرٕ کران یا
یُس وُنی کینہہ فِلمہٕ چھُ پوٗرٕ کرنٕچ کوٗشش کران۔ کاںٛہہ تہٕ سُہ ہیٚمہٕ نَر
یُس کِردار بناونہٕ خاطرٕ کوٗشش چھُ کران تہٕ ہاونہٕ خاطرٕ مجبوٗر نہٕ بُدی
کیاہ سگے تہٕ نیکی کیاہ گیہ۔ اگر اکہٕ فِلمہٕ ہٕنٛد وُچھن وول فلمہٕ وُچھنہٕ
پتہٕ صرف ذار گنڈوٗن ہیٚچھ سُہ چھُنہٕ اکہٕ فِلمہٕ ہٕنٛد قوٗصوٗر، سُہ چھُ تمِس
شخصیہ سٕنٛد قوٗصوٗر ییٚمی فلمہٕ وُچھنہٕ پتہٕ تہٕ صرف اکھ انسٲنی برٲیی
ہیٚچھنُک فاصلہٕ کوٗر۔ یِہوے حال چھُ باںٛڈٕ پٲتھرُک۔ باںٛڈٕ پٲتھر
چھُ کاشرِ سٕنٛد سہ رُجحان پیش کران یُس اَکِس عام کاشرِ سٕنٛد
رُجحان چھُ۔ سُہ چھُنہٕ اَکِس پرٕ مِتِس تہٕ لیکھی متِس سٕنٛدی پٲتی
احساسات پیش کران۔ تکہ پٲتھر چھُ تکیہ اوبُت اکھ سُہ حصہ یُس
تمہِ سٕنٛدی عام جذبات چھُ پیش کران نہ کہ خوٗصوٗصی انسانن
ہنٛدی جذبات۔ سُہ چھُنہٕ صرف مذہبی اخلاق پیش کران بلکہ اقتصادی
روحانی تہٕ سیاسی رُجحانات تہٕ پیش کران۔ ییٚیہ مسٔلہ باہر اوسِے
اَکِس پٲتھر گِیس پتٕھ زِ سہ گفتگو یُس سُہ سٹیجس پیٹھ کران چھُ
سہ چھا تمہِ آسان بُرونٛہہ لیوٗکھمت تمہِ دیت گھرٹ کرِتھ جواب زِ
تمہِ پٔتھ زَنو چھُنہٕ تمہِ وزِ تمہِ سِنٛز زنو آسان بلکہ چھُ سُہ تمہِ ماحولٕچ
پاٗداوار آسان یُس سٹیجس بُرونٛہہ تس ذٔہنس چھُ یِوان۔ سُہ

بانڈ اوس اَمیُک قاٸل زِ تمۍ سٕنٛزِ زیوٗ چھُ اَکھ رٕۄحانی طاقتھ نٔژ
ناوان تہٕ بولناوان نہ کہِ حرف دُنیاوی سٹیج۔

کاشرِ زبانی منٛز کیاہ چھےٚ بانڈٕ پاٮ۪تھرِ ج افادیت چھُ زبان
دانن فاٸصلہ کرُن۔ مےٚ چھےٚ حرف یہ کنہ کھٔرِ کرنس منٛز خوٗشی
حاصل سپدان زِ بانڈٕ پاٮ۪تھر چھُ سیاسی رُجحان پیش کرنہٕ خاطرٕ
اَکھ رژ وَتھ۔ یہ چھُ "زونہٕ ڈب" ہیٚندِ پاٮ۪ٹھ حۄکوٗمتس پیٹھ
تنقید کرنُک اَکھ صحی تہٕ جان وَتھ۔ تنقید چھُ جمہوریتکہِ بقاخاطرٕ
اَکھ ضروٗری طریقہ کار۔ یہ تنقید چھُ حُکمران طبقس پننین خامین
مُنٛد احساس دِوان تہٕ تم چھ یاتہٕ پانس تہٕ پننین کارن اِصلاح
کران نتہٕ چھ تم حۄکوٗمتھ ژھاوان تہٕ بیٚیس حۄکوٗمت کرنُک موقعہٕ
بخشان۔ تم قوم چھ اکثر واٲرٲن گژھان۔ یہِنٛد حُکمران طبقہ سیاسی
تنقید چھُنہٕ برداشت کران۔

دُنیہس تام کیتیاہ بانڈٕ پاٮ۪تھر آیہ جشنن منٛز ہاوِنہٕ چھُنہٕ وَنُن
مُمکن مگر یہ چھُ پزر زِ واریاہ پاٮ۪تھر آیہ وزِ وزِ ہاوِنہٕ یِم ٲسۍ یِمہ کیٚنہہ
سماجچ عکاسی کران یِمہ سماجکۍ کردار یِم پاٮ۪تھر ٲسۍ چاران۔ وۄنۍ
تہٕ چھ واریاہ بانڈٕ پاٮ۪تھر وانٕہ ج۔ یِمو منٛز چھ کینٛہہ بامبراگۍ بانڈ ہاوان
تہٕ کینٛہہ باقے جاین ہیٚندۍ بانڈ پیش کران۔ مےٚ چھ کینٛہہ

پائِتھر بنہٕ نین پَرن والین ہُند خاطرٕ ژاڑی میتھ، یوٚد بہٕ ہیکہ کٲنٛہہ
تِم یہِ باور کرناوِتھ زِ بانڈٕ پائِتھر چھےٚ سیاسَت رٕتھے کٔنہٕ وَرتاوان
پیٹھ تِم بٔنیہ کانٛہہ مقصد ورتاونس منٛز کامیاب چھِ، یٔیدان۔ مےٚ
چھےٚ وۄمید زِ پَرن والی زانن زِ حوکومتس تنقید کرُن چھُنہٕ صرف
پلیٹ فارمس پیٹھ کھٔسِتھ یوت ممکن بلکہ چھُ یہِ پائِتھر کرِتھ زیادٕ
اثر انداز سپدنُک امکان۔ پلیٹ فارمس پیٹھ یتھ حوکومتس تنقید
کرُن چھُ اکھ سیاسی ہَتھیار، تکیازِ تِمہٕ سٟتۍ چھُ تنقید
کرن والِس یہِ خبر زِ اکہِ وقتہٕ کرِ سہ سیاسی اقتدار حاصل، اُمِس
شخصس چھےٚ یہِ خبر زِ سیاسی اقتدار دِیہِ اُمِس اقتصادی استحکام
تہٕ سماجی عزت۔ سہ ہیکہ یقین لوٗکن تسلط کرنس منٛز کامیاب
روٗزِتھ۔ اَتھ مخالف چھِ پائِتھر چارن والِس یہِ خبر زِ سہ چھُ صرف
سیاسی استحکام تہٕ امنہٕ خاطرٕ کام کران تہٕ پائِتھر سٟتۍ چھُ یہِ
حکمران طبقس واضح کران زِ سہ روز ظُلمہ نِشہ دوٗر نتہٕ ہیکہ
سہ ژھوٚ یہِ کرِتھ اکھ اِنقلاب اَنِتھ تہٕ تِمس ظالم حکمرانس تباہ
کرِتھ۔ مےٚ چھِ بامراد پائِتھر گرن نِشہ پانژھ پائِتھر اَمہ مقصد
خاطرٕ ژاڑی میتھ یِہنز سام بہٕ بوٚنہٕ کنہٕ ماہ ہمہ۔ ییم پانژھ پائِتھر
چھِ:

(۱) موغل پاٹھر

(۲) راجہ پاٹھر

(۳) چک وال پاٹھر

(۴) بُسنہٕ پاٹھر

(۵) ڈُرز پاٹھر

کٲشِر منز چھے موغل حوکومتہٕ ۱۵۸۵ء تام روز مرٕ۔ باسان چھُ زِ موغل پاٹھر آیہ امہ دورِ حوکومت پتہٕ تتھ حوکومتس پیٹھ بحثیتِ تنقید آمُت چارنہٕ۔ امہِ چھ کیٚنٛہہ وٕجوہات۔ گوڈنیک وجہ چھُ زِ اکھ مورخ چھُنہٕ ہیکان وقتہٕ کِس حاکمس تنقید کرِتھ۔ تکیازِ سُہ چھُ تمی سٕندِس قہرس کھوژان۔ دوٚیُم وجہ چھُ یہ زِ تِتھ کاتھ ہنہ وول حاکم چھُ نیرن وٲلس حاکمس خلاف بولان۔ یوٚد تمی سٕنز حوکومت استحکام لبہٕ۔ پروفیسر رابرٹ دال چھُ وَنان زِ پتھ کاتھ ہنہ وفتک حاکم چھُ پننہِ حوکومت پاک وصاف تہٕ جان زانان۔ یام اکھ حاکم اقتدارٕ نشہِ محروم چھُ یوان کرنہٕ یا چھُ حوکومت ژاوان تیمو سٕندِس حوکومتس پیٹھ چھُ یوان صحیح پاٹھی تنقید کرنہٕ۔ موغل پاٹھرس منز چھے یہاے کیفیتھ بیان سپدان۔

موغل پاٹھرس منز چھُ خوصوصی کردار بادشاہ یمس ناو

چھُ بوُڈمیر زٕ۔ یہ میرزٕ چھُ پاٹھر کرنہٕ خاطر سٹیجس پیٹھ پیش سپدان۔
تہٕ بچہ کوٹ چھُس سیٹھاہ اژان۔ پتہٕ پتہٕ چھُس حبشس اژان تہٕ سیٹھاہ چھک
ماگن جمانتھ آسان۔ میرزس چھُ اکھ نوکر تہٕ آسان یمہ سُند ناو چھُ خیراتی

پادشاہ چھُ پننہٕ جاے وۄتھان تہٕ ساری چھُ امس سلام کران۔

پادشاہ چھُ نوکرس حکم کران زِ سُہ کرِ امس کھوٚرن مونٛڈ۔

یہ چھُ مونٛڈ دِوان تہٕ سیٹھاہ چھُ اکس مسخرس سیٹھاہ اکھ ٹھُسہٕ
یہ کران زِ پادشاہس تہٕ نوکرس کیاہ چھےٚ بحیثیت انسان فرق تہٕ اَدٕ
موجوٗب کیٛتھ کنۍ چھُ سُہ یہ حق تھاوان زِ سُہ دِیہ امہ سندِ ین کھوٚرن موٚنٛڈ
اسماعیل چھُ مسخرس ناو آسان۔

اَوٕ پتہٕ چھُ مختلف کردارن ہٕنز کیفیت شوٗرٕ گژھان۔ اکثر
کردار چھِ فارسی کلام کران۔ یہ فارسی چھُ موٚدُر آسان تہٕ وُنی کِس چھُنہٕ
زیادٕ کأشرِ فارسی زانان۔ موغلن ہندِ ینہٕ سیٹھاہ اوس کٔشیر
منٛز فارسیک چلے جاو لوگمُت۔

یہ چھےٚ ننۍ کتھ زِ یہ گژھ پٹھانن ہندِس وقتس منٛز
پاٹھر بناونہٕ آمت آسن یوٗدوَن موغلن ہندِس دورِ حکومتس
ٹھُسہٕ آو کرنہٕ۔ بہرصورت پاٹھرس منٛز چھِ مختلف اچھی یوان تہٕ بدٕلس
میرزٕ سندین مختلف علاقن ہنٛز ششیچھ انان۔ یمہ ششیچھ عجیب تہٕ

آسان تہٕ ہاران کٔرٕن تہٕ۔

یٲتھۍ پٲٹھۍ درمیان چھُہ لمبردار تہٕ پوان اَنہٕ۔ اُمِس نِشہٕ چھُہ

شہ مالیہ وصول کران۔ یُس شہ زمیندارس نِشہٕ بحثیت ڈالی چھُہ

حاصل کران۔ زمیندارس چھُہ فیصلہ کھور آسان ناو تہٕ لمبردارس ند

ناو چھُہ رٲئس ڈار آسان۔

حقیقتھ چھےٚ زِ یہ سورُے وچھنہٕ سپدِتھ چھُہ تہٕ باسان زِ

برداری چھُہ تمہٕ حکمران طبقکی زِٹھ یمن اقتدار چھُہ حاصل مگر حوکومتس

کٔرنہٕ ہِیچ اَہلیتھ چھکھ نہٕ۔ ہر زہٕ سٕنٛز بٔڈتھ کٔتھ تہٕ حکمس چھُہ ٹُنٛنہٕ

پوان کرنہٕ۔

یٲتھۍ پٲٹھۍ اکھ ضرور وَرتھ چھےٚ یہ آسان زِ عوامُ الناس گژھن

ونِ ونِ اَسناوِنہٕ تہٕ یِن۔ اَو موجوب چھُہ موغل یٲتھۍ پٲٹھۍ سخر

اسماعیل تہٕ حبشی سند کام پورٕ کران۔

موغل پٲٹھۍ چھُہ یہ تاثر پاد کران زِ موغل ریاست چھےٚ

اکھ سو مطلق العنان بادشاہت پیش کران یہ یہ ہمیشہ لوکن ہنٛد

بد رباتی ہنٛد خیال آسہ تہٕ حکمران طبقہٕ خوشحالی ہنٛز آسیس فکر۔

امہ پوز یمہ تہٕ کتھہ عام لوکن ہنٛد کردار چھُہ پیش کران تمہ سیتی چھُہ

یہ تاثر پادٕ سپدان زِ امہ وقتکو با اثر لوکھ چھِہ اکھ اکھ غلامی مملکت

پٹھان بناوِنۍ۔

اَکھ پأٹھرس منز چھےٚ اَکھ ماگن جماعتھ تہٕ اَژان۔ یہ جماعتھ
چھےٚ سہٕ کردار پیش کران یُس بٔچھ کأٹی زٕم لٔکھ اُسی پیش کران
یِم دربارَن اَندَر بِچھو اُسی آسان تہٕ تِمَن اُسی پنُن ہم خیال بناوان۔
یِم چھِنہٕ درباری سُنٛد کردار ادا کران۔ مگر یِہُنٛد مدعا تہٕ مقصد چھُ
یہِ آسان زِ حاکم گژھہِ تِموٚ حکموٚ نِشہِ دوٗر روزُن یِم بازِ یِمن رعیتس
آسایشَن خلاف آسَن۔ یہِ ماگن جماعتھ چھےٚ یہِ کأم کران زِ پادشاہس
مُتعلق وَنَن تِمہٕ کتھہٕ یِم لٔکھ جان پأٹھۍ چھِہ پھِران تہٕ بٔنیہٕ تِمہٕ کتھہٕ
تہٕ پیش کران یِمَن متعلق لٔکھ بد چھِہ وَنان۔ یِتھہٕ کٔنۍ چھِہ تِم حکمران
طبقس، قومی تہٕ مُلکی فأصلہٕ نِنس منز اثر انداز سپدان۔

مۄغل پأٹھرس منز چھُ خیرأتی اَکھ خاص کردار۔ یہ چھُ سہٕ
کردار یُس مُلکٕچ ہُنٛد سادٕ چھُ کرِتھ آمُت آسان تہٕ غاریبس منز
چھُ یِتھہٕ کٔنۍ کلام کران:

"بش نوکر صاحبو - من حقیقت غلام پیش صاحب اظہار
کرد۔ من اہل ولایت بود، جہان آباد۔ پرتو کردیم برسیدیم دلی، دلی
خود پرتو کردیم لاہور، نزد پادشاہ چہ خوش حال خوش شد، لاہور خود
پرتو کردیم براہ راولپنڈی، پنڈی را ٹانگا شدیم رسیدیم بارہ مولہ

چناچہ کشتی آوردیم رسیدیم نگر۔ نگرھ پرتو کردیم رسیدیم شیرگڈھی

یِمہِ فارسی سیتھ چھُ پتہٕ تاثر یِوان سپدان زِ سائنس ثقافتس

پیٹھ کوتاہ چھ فارسی اثر انداز روُدمُت۔ یتہٕ چھُ اندازٕ لگان زِ

اَکھ عوٲم تہٕ کوتاہ چھُ مغل مملکتُک جغرافیہ زانان تہٕ مملکتکہ

احوال کیتھہٕ کُنہ چھُ بادشاہ وقتس پُوٗتھٕ کُن تراوان۔

اَمہِ مغل پانٛچھر پتہٕ چھُ راجہ پانٛچھر یِوان یتھہٕ لُکھ

وُچھِتھ واہ واہ چھ کران۔ اَمہِ پانٛچھرِچ تاریخ تہٕ ہیکہِ مولوٗم سپدِتھ

اَمانیوٗز پانٛچھر وُچھِتھ چھُ اَکھ شخص یہِ اندازٕ کرنس منٛز بجا روُدمُت

پانٛچھر چھُ پٹھانن ہندِس عہدس خلاف تہندِ زوالہٕ پتہٕ دٲرِج گومُت۔

اَمہِ پانٛچھرِچ اَکھ نوٗ صوٗرت چھےٚ یہِ زِ لُکھ چھ دوران پانٛچھر

اَکثر کھوشہٕ نادِنہٕ یِوان۔

کٲشُر چھُ بذاتِ شریف۔ اَمانیوٗز بیروٗنی موٗرخ چھُ اَمِس

بُزدِل تصوُر کران۔ اَوسے کُنہ چھُ پٹھان سُند یہ کھوشہٕ ناوُن سیٹھا

سہل۔ اَتھ پانٛچھرس منٛز گوٚڈٕ اَوسے اَکھ پٹھان یِوان تہٕ بییہ

اَکھ شاہ غاسس تہٕ بچہ سیٹھس پیٹھ داخل سپدان۔ راجہ سُند

اردلی چھُ شاہ غاسس۔ پٹھان چھ بوٗندوق ہیتھ سیٹھس نژان روزان

بچہ چھُس یہ بوٗندوق نینچ کوشش کران۔ مگر سُہ کُتہٕ ہیکہِ تہٕ کرِتھ

یکیاز آخر بچ چھ بچھ۔ امہ پتہ چھ راجہ اڈان تہ کرسی پیٹھ بڈ
شانہ سان بہان۔

راجہ پاٹھرس منز چھ امہ پتہ داریاہ کردار پیش سپدان۔
یمن منز چھ منشی، شکرکاک، بالہ، رسایی، گامی تہ شہری، ناٹید
تہ بٹیہ اکھ اکونٹنٹ آسان۔ راجہ چھ امہ پتہ مختلف مقدمن فاٹصلہ
دوان تہ بخشائیش حاصل کران۔ دوران پاٹھریس تہ گفتگو
چھ سپدان۔ تمیک مدا تہ غرض چھ یہ ز راجہ کیتہ کنہ چھ حوکومتھ
چلاوان، پٹھان کس ظلم چھ کران تہ سیتو کوتاہ چھ بیقل آسان
تہ بیتر۔ الغا پاٹھرس منز چھ راجہ تمام رتمہ کامہ کران۔ یم تمس
بحثیت حاکم انجام دہن آسان دنہ۔ سٹیجس پیٹھ چھ رتم کردار تہ بیش
سپدان یم راجہ پیشدین فاٹصلن یا تہ تاریف چھ کران یا تہ رچھک
ٹسنہ کران۔ اتھ انداز سپدن والی رکردار تہ چھ پننہ کامہ ہن کران۔
پتہ کنہ چھ راجہ پاٹھر قومی فاٹصلن ہنز منظوری تہ حاصل کران۔
تہ قومی فاٹصلن رد تہ کران۔ امایوز اگر یہ تصوور ییہ کرنہ ز یم پاٹھر
اسہ وقتکو راجہ کرناوان تیلہ گژھ یہ ونن موزون ز ریڈیو تہ بیتر
پروپیگنڈہ کرنکو ذرایع نہ آسنہ موجوب اوس باںڈہ پاٹھر بادشاہن
ہند سو فاٹصلہ لوکن تانی داتہ ناونک اکھ ذریہ۔

دبَسہ نہٕ پأٹھر، چھُ اَکھ سُہ پأٹھریس زٕکہِ تِتھ جمأژتہٕ جمأژنی چھُ
کرٛان یتھ اَسہِ علم سیاسیاتس منز "الیٖٹ" چھِ وَنان ۔ یہِ جماعتھ چھِ
اکثر فأصلہٕ کرُن والین پیٹھ اَثر اندازٕ سپدان ۔ یہِ جماعتھ چھےٚ اَکہِ سماجُک
سہ حِصہٕ یُس پننِ وۄجوٗد اہم زٲنِتھ حُکمران طبقس پیٹھ حأوی چھُ
سپدان ۔ اَتھ چھِ اَسہِ بالاٰیی طبقہٕ ناو دِوان ۔ اَتھ پأٹھرس منز چھےٚ
گۄڈٕ خوجہٕ جماعتھ اَژان تہٕ پتہٕ اکھ جدال جماعتھ پأٹھر جارٕان ۔ پأٹھر
جارُن والین منز یِمہٕ زٕ جمأژ سیاسی ڈُنیہس پیٹھ بڑٕ جان
پأٹھۍ ٹٕشنہٕ کرٛان ۔

خوجہٕ جمأژ سیٚتۍ چھُ بِچر تہٕ لانٛژ تہٕ اَژان ۔ جدال جمأژ منز
چھُ چینہ کاک تہٕ ٹۄکر شأمِل ۔ سأری ناو چھِ مضحکہ خیز ۔ تکیازِ پأٹھرس
منز چھِ زندگی ہِنٛدِین تمام شعبَن ہنٛز سام ہیوان ہینہٕ ۔ اَوے
مۄجوٗب چھِینہٕ تِم لاکھن بور کرٛان، بلکہ چھِک اَسہِ ناونہٕ خاطرٕ
تہٕ کینٛہہ کتھہٕ وَنان ۔ اُکس سٹیج کردارس منز سارۍ وے کھوتہٕ بڑٕ ہش
ذمہ دأری چھےٚ تماشہٕ بینن ہُنٛد حِس پانس کُن مرکوز کرُن ۔ یہِ چھُ وے
وجہ چھُ زِ بسنہ پأٹھرس منز چھِ، موہمہ جوٗ، مُسہٕ جو، بلہٕ جوٗ تہٕ بے قدر
جوٗ ہی ناو آمِتۍ تھاونہٕ ۔ جوٗن ہنٛزِ نِسبتھ چھِ کینٛہہ مورخ بنی اسرائیلی
قومس سیٚتۍ سیٖدٕ سیٖوٗدٕ رلاوان ۔ تہٕ لہٰذا چھِ پأٹھرس منز یِمہٕ جو

اَنِہٕ سیٹھا بانٛدٕن ہٕنٛز بیترٕ نیٛت یِہ کأشُر کِردار کیٛاہ چھُ۔

یِمہٕ جُو چھِ آسان زَدِس گَنٛدان تہٕ جَدال جمالہٕ چھےٚ آسان

سٹیجس پٮ۪یران۔ یہِ یأتھر چھُ سٔیدِ سٔیوٚدٕ مٔہ طبقأتی فرق ظٲہر کران

یُس اَکِس سرمایہ دارانہ نِظامس منٛز چھُ اَسہِ وَرٲثہٕ پوان۔ یہِ طبقأتی

کَش مکش چھےٚ سیاستس پٔنٕ موڈ دِوان۔ تہٕ غریب طبقس ہمیشہ

غریب تھاوان تہٕ اُمیر طبقس زیادٕ اُمیر بناوان۔ جدالٕنٛ ہٕنٛز جمالہٕ

چھےٚ یہِ تاثُر یادٕ کران زِ تِم چھِ موموٗلی اِنسان تہٕ کأم چھِ سیٹھا کران

تہٕ زوٗ دِتھ کران تہٕ خۄجہٕ چھُ صرف نَدِس گَنٛدان۔

سٹیجس پیٹھ چھےٚ اَکِس خۄجہٕ زادَس شۆنگنہٕ نادان تہٕ

اُمہٕ سٕنٛد نوکر چھُ باقیبن وَنان زِ تِم کرِن نوکرس سیٹھا لعنہ تہٕ کُنہِ پوٚد

زَن خۄجہٕ زادَس نیٚندرِ ناش گژھہٕ نہٕ۔ یانہٕ چھُ نوکر سیٹھا بَدر کنہٕ

کران۔ یہِ چھُ ظٲہر کران زِ کِتھہٕ کِنہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز اَکھ طبقہٕ

اوسمُت یُس کانٛہہ کأم کرِنہٕ بغأر جان یٲتھ لوکَن اِستعمال کرِتھ

کرِتھ کھیوان تہٕ چھیوان چھُ اوسمُت۔ یہِ کَتھ چھےٚ سر لارڈ لارِنسن

تہٕ پننہِ کتابہِ " دی ویلی آف کشمیر " منٛز ہأنٛی ہرٕتہٕ لیٛچھمٕژ۔

چَک وأٹلی یٲتھر چھُ جاگیر دأری نِظامچ ترجمأنی کران۔ أمہِ

تروٚپتھ کیہٕ اَکھ ہیموسام یِہ کَتھ وَنٕنٛز چھےٚ ضروٗری زِ کٔشیر رۆز

ییٚتہٕ مین کیٖنژن ہندؠن منٛز جاگیردارۍ نظامس تَل سماجی، اقتصادی
کیوٚ سیاسی طور دَبِتھ۔ جاگیردار اوس پٔرتھ طرفہٕ کاشتکارس
پیٹھ ظُلم کران۔ حقیقتھ چھےٚ زِ ۱۹۴۷ ء پیٹھ گیہ اَتھ نظامس
اَکھ خصوٗصی تبدیلی۔

ترٛونٛھ اوس یِتہِ جاگیردارَن ظُلم کران یُس سیٹھا غیر
اخلاقی تہٕ غیر انسانی اوس۔ یہ ظُلم چھُ کاشرِ زبٲنی ہندؠن تقریبن
تمام مُصنفن منٛز وِرٛچھ ناوہٕ آمُت۔ شاعرن اوس اَتھ خلاف لیکھان
تہٕ لوکھ تہٕ اُسی اَتھ خلاف کرٛکھ لایان تہٕ بانٛڈ تہٕ اوس یہ پاتھرس
منٛز ہاوان۔ مگر جاگیرداراوس نہٕ کاشتکارس سوکھ دِوان۔ سہٕ اوس
اُمس پتہٕ پتہٕ لاران۔ کاشتکارن ہُنٛز اُس یہ حالتھ زِ تِمَس اوس
جاگیردار نہٕ اوٚشنٛد کاردہ مُلہٕ والان۔ یمن پنٕنۍ زمین اوس تہٕ
سُہ تہٕ اوس مصنف کرٛتھ بتہٕ بغاوت روزان، نکیاز اکثر حوٗکومت آسہٕ
اُمس جنسس منٛز یکس ہیوان۔ اَمہ موجوب اوس سُہ پنٕنۍ دانہٕ
زُمین منٛز بران۔ لارد لارنس چھُ اَمہ ظُلمُک تصویر یتھ کنۍ پیش
کران۔

" جاگیرن اُسی مجبوٗ پننہٕ خاطرٕ تتھو اختیار، ییٚمہ سیتۍ زَن
تِم اَکس گامس تمام وزیر گیہِ، نملہ پکان اُسی نحو۔ بیگار ہینکُ

اختیار اوس یمن مجوزن ہینہٕ کھعتہٕ تہٕ ژورٕ . اَما پوز لوکھ اُسی غلہٕ زمین
منز ژورٕ بھاوان . یوٚد تِم پننِس اہل و عیالس توٚت تام ہیکہٕ ہن زندٕ
تھاوِتھ یوٚت تام امہٕ کھیوٚن لایق گژھان ہے . مگر یہ اوس تمہٕ وزِ سیٹھا
مُشکل ژورٕ تھاوُن آسان . یِمہٕ وزِ حاکم تلاشی کرنہٕ اُسی نیران .

اَما پوز چِک دارِی تہٕ جاگیرداری ہندِ اثرٕ روٚد وارِیاہن
کالس موجوٗد تہٕ سون پانٔھ گور روٚد امہٕ نشہٕ بے خبر . سہ چھُ اَندی
پَکو کین تمام حالاتن ہُند خصوصی طور مطالعہ کرنہٕ بجاے امہٕ سیتۍ
متأثر تہٕ گژھان . تہٕ لہٰذا چھُ سہ چِک والی پانٔھ سٹیجس پیٹھ پیش
کران تہٕ پتہٕ کنہ پیش کران زِ لوکن ہندِ خاطرٕ چھُ عبرتھ بنان
تہٕ حاکمن ہندِ خاطرٕ مشورٕ نٔہ وارننگ . مذہبی طور چھہٕ تِم یہ ثابتھ
کران زِ پزتھ ظالمس چھُ ظلمُک سزا ضرور میلان . تِم چھ یہ
واضح کران زِ یُس یتھ دوہوی سہ تیتھ لونہٕ .

چِک وال پانٔھرس منز چھُ گوڈنیتھ گرٕ وس لوکن برونٹھ کن
پیش سپدان . اُمی سٕند عیال چھُ سٹیجس پیٹھ یوان . یمو چھُ آسان
زوٗ جان کرتھ زمینہٕ منز فصل حاصل کوٚرمُت تہٕ شقدر چھُ گژھان
حاضر .

شقدر ، پٹوارِی تہٕ کاردار چھ امس ترٛٹی چوٚڈ ہوان . یہ

گرٛٲس چھُ تحصیلدارَس درخاس دِوان مگر شنوائی چھس نہٕ سپدان

اَتھ منز چھُ چک دار تہٕ چک دارَس منز آشتیٖنو حاضر سپدان۔ ترٛیٖے

حصہ چھس چک دار کھیوان تہٕ اَکھ حصہ چھُ گرٛیٖس روزان۔

چکدار، منشی تہٕ چھُ حاضر گژھان تہٕ سُہ تہٕ چھُ کینٛہہ حصہ ہن غبن کران

گرٛیسہٕ تیٖس تہٕ چکدارس چھ لڑٲیہٕ گژھان۔

صُلح کرنہٕ خاطرٕ چھُ چکدار گرٛیسہٕ تیٖس پننس نوکرس ہُند خاطرٕ

کوٚر مانگنی گژھان۔ چکدار چھُ اَمِس یَڈ بیچھٕ کھیسہٕ لُتہٕ موٚنڈ کران

گرٛیٖس چھُ ڈاکٹر لاگان تہٕ ڈاکٹر بیلہٕ چھُ پوان اَنہٕ۔ سُہ چھُ لیکھتھ

دوان زِ اَمِس چھُ ضرب شدید آمٕت دِنہٕ۔ تکیاز اَمِس چھُ گرٛیوس

روپیہٕ دِوان۔ چکدار تہٕ اَمِس ہِندی اَوٲلی موٲلی چھ گرٛیسہٕ تیٖس روپیہٕ

دِوان۔

اَتھ دوران چھُ چوہوٚرینگ آغاز سپدان تہٕ گامَس منز چھُ

لیڈر اَکھ پوان تہٕ اعلان کران زِ زمین گژھے کاشتکارن ہنز۔ یہ اعلان

بوزتھ چھُ گرٛیٖس لیڈرس نشہٕ گژھان تہٕ اَمِس کینٛہہ روپیہٕ رشوت

دِتھ زمینس مکمل قبضہٕ کران۔

اَمہ پتہٕ چھُ یہوے کاشتکار بوے زمیندار آسان تہٕ سٕتھا

بجاہ آسان۔ سُہ زمیندار یٖمہِ اَمِس ظُلم کوٚرمُت اوس چھُ خارٕ اَتھ.

کُنہٕ
منگنہٕ آمُت کاشتکارس نیٚنہٕ پوان۔ آمہٕ وزِ چھُ خاطرٕ اکھ منگن وول پیٚتھ

ہم کلام سپدان :

در باغ سرِ نفسہ خود چیٚھے امیری مردی

در باغ دیگرے نقطن نگری مردی

گر بہ دولت برسید مست نہ گردد مردی

ور بہ ذلت برسید شکست نہ گردی مردی

مردی نہ بود فتادہ را پائے زدن

از دست خدا دیبیے دس بگری مردی

کاشرس منز چھُ یم شارٕ وَنان :

دِلکی ولولہ راوراوان غمہٕ ہیٚی

دیہا غمس پنٕنہٕ حس نہ تھاوان غریبی

کمن نشندہٕ بانین خوش لوٹ جوانن

ژھوٹُن پیٚٹھ ڈُلہِ دیاوہ ناوان غریبی

یمن راجہ دارن پیٹھے راج روزٕ نیا

امکس ہیوٚن بیکس دیاوہ ناوان غریبی

... ... ... ... ... ...

نوٚس زمیندارس چھُ گرٕ ٹھان عار۔ اُرکس چھِ وَنان زٕ یمن

دِیہ کینہہ خاص اَتھ پٔتھ اوترُک شاہ چھُ اَنٛزِ یِکُس گدا دٲنِتھ چھُ بٲتھ ختم

گرٛژھان۔

جارج گریرسن چھُ وَنان زِ لفظ "درد" چھُ سیٹھا پرٛون لفظ

تہٕ یہ لفظ یِمن لُوکن ناو چھُ یُس چھُ سیٹھا پرٛون قبیلہ اوسمُت تہٕ اَتھ

قبیلس چھ سنسکرتس منز "دردا" ناو اوسمُت۔ یونٲنی تہٕ رومی

چھِ اَتھ مُلکس منز یِتھ علاقہ شٲمِل کران یُس ہندوکش بیٚیہ ہندوستان

کِن سرحدَن تام چھُ چھکرِتھ۔ کٔشیر چھُ یہ دردستان سیٹھا نزدیکھ

ڈُنی کِن چھُ گُریس وادی تحصیل بنڈپورکِہ طرفہٕ تہٕ لداخ وادی گاندربل

تحصیلہ کِہ طرفہٕ اَتھ سیتۍ رَلان۔ اَمہ دردستان بیٚیہ چھُ کٔشیر

وارِیاہ حملہ سپدی میتۍ تہٕ کٲشرِن ہِندِس لسنس بسنس بیٚیہ سیٹھا

اثر ترٛوومُت۔ اَمہ علاوہ چھُ کٲشرِ زبٲنۍ بیٚیہ دردی زبٲنۍ ہُند

سیٹھا اثر۔

"درد" چھِ اَمہ پٲٹھۍ اَسہ بیٚیہ اکثر حملہ آور سپدی میتۍ۔ لہٰذا چھُ

تِمہ کِس نتیجس منز ساٖنۍ سیاسۍ تہٕ اثر اندازس پیٚیہ ہیٚکہِ۔ تۄہے چھُ لگہ سیاسۍ

منز اَسہ دُرزِ یا بٲتھ جشنن منز وِچھان۔ دُرزِ چھِ وۄنۍ کیٚن اَسہ

تِہنس زمانہٕ ناو دِوان یوسہ گُریس وادی یا مُلحقہ علاقن منز چھِ بسان

یا دردن ہِندِس نسلس سیتۍ تعلُق چھِ تھاوان۔ اَمہ پٲٹھۍ کٲشرۍ بنوو

اَمِس پأتھر۔ پأتھر گرُپہٕ ہیٚتھ سٹیجس پیٚٹھ آسان چھہ تیٚلہٕ چھہ دَرشانہٕ

تہٕ کأشرِ ہِنٛز تۄنُق ناکارٕ، پأتھ درینٛٹھ یِوان۔

محمد سُبحان بھگت چھہ دَرزٕ پأتھر ہیٚش کران لیکھان زٕ "دَرزٕ

پأتھر چھہ کأشرِ لُکن ہٕنٛز کالہٕ سپدی مِتین ظُلمن ہنٛز عکاسی کران۔

بانٛڈ چھہ اَمہِ پأتھرِ چہ رِوایتہٕ منٛز ہیٚش کران کشیرِ چھیٚ ہرِ وقتہٕ حملہٕ

آورن ہنٛز شِکار سپنز مِژ۔ یِتھ مقابلہٕ ہرِ وقتہٕ کأشر لُکو آواز بُلنٛد

کرِتھ بغاوت تِچ مِژ چھیٚ۔ یہ پأتھر چھہ تِمچ زنٛد مِثال۔ تِمہ وَقتُک

ظُلم بادشاہن ہنٛز عیاشی تہٕ لُکن ہنٛز غُربت چھیٚ زٕژھ زٕژھ

وِژھ ناوتہٕ یِوان۔"

تہٕ پأتھر چھہ اَکھ موسیقی کار جماعتس شورُد گرٛھان۔

یِمہ چھہ درد نیٚرِ منٛز سازدایان تہٕ دردہٕ راجہ چھہ سٹیجس پیٚٹھ یِوان۔

راجس چھہ نہٕ دردٕ آنٛدی اُنٛدی آسان۔ دردن ہنٛز کام چھہ زنٛجہ گٹھ

پُور کران۔ درد تہٕ دَرز چھہ سعہ رنٛگہٕ سیتو تِمن شورُد کران۔ اَکھ

زیٚٹھ مسخر چھہ راجس گرٛدھ تیل نیر بتہٕ کھل تُلی کران۔ راجہ چھہ ناراض

گرٛھان تہٕ مسخرس چھہ کرٕ والان۔ بدیہ تہٕ چھہ کینژھ مسخر سٹیجس

پیٚٹھ یِوان تہٕ راجس ستیٚہ تُلان۔ یِمَن سارِنی چھہ راجہ کرُ والان۔

پتہٕ چھہ مسخر زٕ رکی وَنان۔ اَکھ مسخر چھہ لُکن کُن وَنان زٕ دردٕ راجہ

تہٕ دٕرزن چھُنہٕ ژھ۔ امہِ سیتی چھُ اَمِس یہِ وَنُن زٕ راجہ چھُ مستی سیتی
پُشوِمُت۔ راجَن ہُنٛز عیاشی پیٹھ چھُ یہِ پاٹھِر اَکھ ٹُنہٕ۔ اَکھ مَسخرٕ
چھُ یہِ کوٗشِش کران زٕ مسخرٕ گرٕ تھَن زٕ ہٕٹس (راجس) یِیٚزِ لَکہ کرِتھ۔
تیکیاز خوداین چھُ تِمس یِیٚزِ لگہ تخۆمت تہٕ باقی چھینہٕ تہٕ فانیٚہٕ خاطرٕ
تیار۔ اَڈٕ چھِ مسخرَن راجَس کینٛہہ منگُن ہیٚچھناوان۔ اَکھ چھُکھ وَنان
زٕ فارسی، کاشُر تہٕ پنجٲبی پاٹھۍ کیتھٕ کٕنز گرِتھ منگُن۔ بییلہِ منگنہ یِتہٕ
باقی مسخرٕ زٕہٕ ٹھس مسخرس چھِ پرٕژھان زٕ تِمہ کیاہ کوٚر حاصل اَجَس
یِتہِ سہٕ چھُ ٹُنہٕ کرِتھ تِمَن وَنان زٕ یہی افسوسہ بغارٕ یہٕ کینٛہہ۔ بییلہ
سہٕ تِمَن چھُ اَکھ زٕ ہاوان تِمَن منٛز چھُ تِمس گوٚو ژھِکھ آسان۔ راجس
چھُ شرارتھ کھسان تہٕ سہٕ چھُ تِمس اَکھَن کرٕ دالان۔ زٕ پیٹھ مسخرٕ
چھُ کرٕکھ دِتھ وَنان۔ "اے مہیانہٕ خوداہہ! یہِ گوٚو کَہٕ گچھ کھنٛج پیٹھ
حال۔ اگر بتہٕ ژھارو تیٚلہِ کیاہ بنہِ۔"

اوٚنیتہٕ چھِ مختلف وقتَن پیٹھ مختلف مسخرٕ پننہٕ زِنٛدٕ
روزنٕہٕ خاطرٕ راجس مختلف چیز منگان مگر کرٕ بغار چھُنہٕ تِمَن کینٛہہ
حاصل گژھان تہٕ پیتہٕ کُنہِ چھُ ظُلما کرِتھ راجہ سٹیجہ پیٹھ وسان۔
یہِ سورُے پاٹھِر چھُ تِمَن دَرد، حملہ آدرن متعلق ٹُنہٕ ہم وِز وِز کاشرِن
پیٹھ حملہٕ کرِتھ ظُلم اسہ کران۔ پرزٕ چھُ زٕ یہِ پاٹھِر چھُ پرون تکیاز

درٛاے حمله آور تہٕ اَسہِ کٔشیٖر ترٛاوٕنٛھ یوان۔ یہِ وَنُن چھُ توٚے پَزر
زِ کأشِرس لُکہِ سیاسَتَن چھُجِنہٕ کانٛہہ ظالِم ٹٲرِنہٕ تہٕ زُرکِہ بغأر ترٛاوِمٕت۔
یوٚدوے یِم ظالِم یِہِن بِییہ یتھ دُنِیہس تِمَن گرٛنٛدھ ہے لُکہِ سیاست
پیٛرِتھ شرمِنٛدٕگی۔

●

# پٔنٛژِم کتھ

ڈ۪ڈکھین کِس جمہوری نظامس منٛز چھےٚ سیاست ژ۪ھن درین ہٕنٛز
سیاسَت۔ ترٛیٚیہ دٔری چھہ سیاسی شوٗعور تھاوٕتھ جمہوریتُک نظام چلاوان۔
یِم چھہ باقہٕ اقتدار حاصل کران۔ نتہٕ اقتدار حاصل کرنہٕ خاطرٕ مخالفتھ
شوٗرٕ کران تہٕ وقت وٲتِتھ اقتدار حاصل کران۔ بعضہٕ کنہٕ یِس سیاسی
طبقہ چھُ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ دلچسپی نوان۔ کشیرِ ہٕنٛز تارِٛخس پیٹھ نظر
ترٛاوِتھ چھےٚ یمَن سیاسی طبقَن منٛز ترٛیٚنوَے قسم لبنہٕ یوان۔

کشیرِ منٛز اَس ہیٚنٛدٕ بن ہنٛدس وقتس منٛز بادشاہس علاوٕ
"دمر" سو سیاسی جماعتھ یوسہٕ حکمرانَن پیٹھ پنٕنہِ راے مُسلَط اَس
ہیکان کٔرِتھ۔ راج ترنگنی منٛز چھِنہٕ صرف دمرَن ہٕنٛز ذِکرٕ آمُت بلکہِ
چھےٚ للتادتیہ پٔنٕنِن پتہٕ والین بادشاہَن یہِ وَنان زِ یِم گرٕ ھن زٕ دمرن
زیادٕ دولتھ دِنی جمع کرنہٕ ہیکیا زِ یِم مانَن نہٕ حکمرانَن ہٕنٛد حکم۔ ریہ
طبقہ چھُ سُہ طبقہ یُس زمینُک مالِکھ بنِتھ حکمرانَن کھوژناوان
اوس۔ بیٚیہ اَسی یِم بادشاہَن سارِوے کھوتہٕ زیادٕ فاصلہ نِنس
منٛز اتھٕ انداز سپدان۔ ییٚھےٚ کُنہٕ اَسی تانترِ، اکنگہ تہٕ لون یِم طبقہ یِم

پننہٕ نیو جنگی تہٕ فوجی تجربو کنہٕ بادشاہن خلاف یا تہٕ جنگ کرناوان نتہٕ
تِمن پانس موافق فائصلہٕ نِیاوٕ ناوان۔

ییٚلہٕ مسلمان، چک، موغل، افغان، سکھ تہٕ ڈوگر
حکمران کشیٖرس پیٹھ حکومت اُسی کران تیٚلہٕ اوس برٛہمن، پیر،
رٛیشی، سیّد، کارخانہ دار تہٕ بیتر طبقہ بادشاہن پیٹھ اثرانداز سپدان
اَما پوٚز یِمن دورن تہٕ اوس تتھ منٛز اوس بٔنیٛم طبقہ اکھ غٲر سیٲسی
طبقہ۔ یِم مُشکلہٕ سان پنُن گُذارہٕ اُسی کران تہٕ بادشاہن ہنٛدین کھوٚہ
منٛز اُسی نہٕ شامل سپدان۔ اَمیُک معنی چھُنہٕ زِ یِم عام لوٗکھ گیا
اُسی سیاستہٕ نِش بے خبر۔ تِمن اُسی پننۍ احساسات بدستور تہٕ تِمن
احساساتن اوس سُہ لُکہٕ کتھن، لُکہٕ باتن، لُکہٕ ڈٲلین تہٕ لُکہٕ بٲتھن
منٛز پیش کران۔ یِم تمام احساسات چھہ اَسہ تام واتی مِتۍ۔ اَما پوٚز واریاہ
کیٛتھہ چھہ تٲریخن اَسہ نِشہ ہمیشہ خاطرٕ ضایہ کوٚرمُت۔

کشیٖر اوس نہٕ حال حال تام کانٛہہ خاص سیٲسی نظام
یتھ پیٹھ تِمن فخر گژھہ آسُن۔ ۱۹۴۷ء ہس تام ووٚچھو اَسہ صرف
بادشاہت۔ یہ چھہ پرٛزرٕ تٲریخ چھےٚ اکہ سماجک سُہ اِرتقا یتھ منٛز
کانٛہہ خاص تبدیلی چھنہٕ ممکن یوٚت تام نہٕ سُہ قوم پانہٕ بدلنچ کوشش
کرِ۔ کانٛہہ ہیوٚ یہ صرف اکھ خوشحٲلی یتھ چھےٚ سہ پتہٕ چھےٚ پرزٕ مُسلسل

غولٲمی باوٕ وۄچھ روٗدُس نہٕ۔

کانگریس سماجَس منٛز یُس غیر سیٲسی طبقہ رۆدمُت چھُ وُنہٕ تہٕ کٲفی تہٕ وُنہٕ تہٕ چھُنہٕ بدلنُک شوق۔ مُہذب مُلکن منٛز تہٕ چھُ یہ طبقہ سیٹھا بوٚڈ مگر تِمن منٛز چھےٚ اَکھ فرق ضروٗر سہٕ فرق گژھیہٕ یہٕ زِ تِمو کَرٕ وِزِ وِزِ بَدٕلنٕچ کوشش۔ کانگریس کوٚرُس جیس تہٕ غولٲمی ختم۔ وُنہٕ کوتاہ کال لَگِہ کانگریس سماجَس اَکھ متوٲزی سماج پٲدٕ کَرنَس منٛز تہٕ ہیکو نہٕ وَنِتھ۔ اَما پوز ۱۹۴۷ء پیٹھٕ گَیہ وارِیاہ چیز بَدٕلان تہٕ وۄمیٖد چھےٚ بڑونٛہہ کُن ماگرِتھ لُکہ سیاستس تہٕ بالٲئی طبقچہ سیاستٕچ واتھ۔

وُنتام چھُ یہ حال زِ کانٛہہ لُکہ سیاست چھےٚ حُکمران طبقٕچ سیاستٕ تہٕ بالٲئی طبقچہ سیاستٕ نِشہٕ سیٹھاہ دوٗر۔ اَمہٕ دوٗر روٗزنُک سبب چھُ لُکہ سیاستس منٛز اَکھ اہم پہلو یہ زِ یہ چھےٚ عام سیٲسی حالاتن پیٹھ طنز تہٕ تنہٕ۔ یانی اَکھ شخص لُکہ سیاستس پیٹھ نظر تراوِ تام لَگہِ تِمس پَتہٕ زِ لُکہ سیاست چھےٚ تنقید تہٕ تعمیرکُم۔

لُکہ سیاستس اَگر سون حُکمران طبقہ تہٕ بالٲئی طبقہ غورٕ سان ژھانڈِ یہ تِمس لَگِہ اَکھ نصیحت زِ تِمن چھُنہٕ لُکن سیتی کانٛہہ واسطہ۔ تِم چھِ لُکن نِشہٕ سیٹھا دوٗر تہٕ لُکہ سیاستس منٛز چھِ تِم صرف استحصال کرنکی ذِمہ وار۔ لُکہ سیاستس نِشہٕ چھُنہٕ یہ کہتام

نہ تِمن کُس نظامِ حکومت مستحکم چھُ، تِمن چھُنہ یہ مسلہ زِ تِم چھا مُلکی فاصلہ نوان کینہ نہ - تِم چھِ حُکمران طبقس تہٕ بییہ بالائی طبقہٕ کین لُکن ہنٛدین اصولن تہٕ اعمالن کُن نظر تھاوان - چونکہ تِم چھِ پننٛدین اعمالن تہٕ اصولن سیٹھا فرق وُچھان - لہاذا چھِنہ یِم پننٛدِس سیاستس سیتی واتھ تھاوان - توٚتے چھُنے زِ سیاستس اکھ بوٚڈ سیاست تہٕ اکھ بوٚڈ نظریہ -

حُکمران طبقہ تہٕ بالائی طبقکو لوکھ چھِ یہ زانِتھ زِ سیاستس نظرانداز کران زِ یہ چھُ غائر سیاسی طبقُک ترجمان تہٕ تِم چھِ سیاستکہ مقصد نِشہ بے خبر - یہ ما آسہ مہذب مُلکن منٛز بزار مگر ترقی پذیر مُلکن منٛز چھُ اکثر یہ سوچُن غلط ٹِکیا زِ ترقی پذیر مُلکن منٛز چھِ ڈِنی کین سیاسی اصولن تہٕ سیاست دانن ہنٛدین اعمالن سیٹھا فرق - پروپگنڈا کرنہٕ باوجود چھُنہ ترقی پذیر ممالکن منٛز اکہ سیاستس منٛز کانہہ فرق آسان یہ اعمالن تہٕ اصولن ہنٛد تضاد چھُنہ بلکل ختم کرُن مُمکن - نہ چھُس بہٕ اَمیُک دعوادار - آ ما پوز چھُ بنیادی مسلہ چھُ زِ سیاسی نُقطہ تہٕ سیاسی عمل گژھن تیوت ہم آہنگ سپدُن یوت زن مُمکن آسہ امریکی سیاستس تہٕ امریکی آئینس پیٹھ کم فرق آسہ تیوت آسہ زِ سیاستس منٛز استحکام - یوت ہندوستانکس آئینس تہٕ امہ کِس

نِظامس فرق آسہ تیوٚت آسہٕ لکہٕ سیاست حکمران سیاستہٕ نِشہٕ بیوٚن۔
جمہوری طرزِ حکوٗمت تہٕ جمہوری سماج یکسو تراوِتھ اگر سماج وادی
نظام اُسہ بروٚنہہ کُنہہ تھاوون اُسہ لبو زِ یہ فرق سماج وادی نظامس کِن
اوٚچھوٗ لَن تہٕ اَمہ کِس نِظامس منز آسہ سوہ فرق آسہ اَمہ نظام کِس
بالائی سیاستس تہٕ لُکہٕ سیاستس۔ یہ چھُنہٕ ممکن زِ سماج وادی نظامس
منز یِیہٕ لُکہٕ سیاستس تحقیق کرنہٕ۔ تکیازِ روٗس یا چین ہیو سماج وادی
ریاستن دِنہٕ اَمہ قسمچ تحقیق کرنس اِجازَتھ۔ اما پوٚز تتہٕ آسہ تیتھے
فرق یمن دوٚن سیاستن پیٹھ جمہوری نظامس منز ممکن چھے۔ تکیازِ
کہہ وٹ چھنہٕ نظام حکوٗمت بلو کہ اعمال۔

یوٚت تام مطلق العنان نظام حکوٗمتن ہُند تعلق چھُ۔ تتہٕ
چھے فرق سارِوے کھوتہٕ زیادٕ۔ اگر مطلق العنان حکمران افلاطوٗنن
فلسفی حکمران آسہ یُس نیک تہٕ رُت تہٕ آسہ تونہٕ آسہ لکہٕ سیاست
تمی سنزِ سیاست نِشہٕ بلکل مختلف۔ تکیازِ نفسیاتی رنگس منز آسن
لوٗکھ غار مطمین۔

اٰخرس وَنہٕ بہٕ یہ زِ لکہٕ سیاست چھُ شہ سیاسی تصوٗرٕ یُس
حقیقی طور شوٗد تہٕ اصلی چھُ۔ یہ چھُ اکہِ ریتُک تصوٗر۔ یہ چھُ بےغرض
لوکن ہُند تصوٗر تہٕ یہ چھے سو سیاست یوٚسہ ہوشکس چھے سپدان۔

تہٕ چھےٚ تِمس شمنہٕ سیٛٹھ سیاسَت یُس پانٕنہِ اَہمِیُک مرکز چھُ تہٕ پانٕنے
سوچَن وول۔ تہٕ چھےٚ لُکَن سیٛٹھ زِنٛدٕ روزان تہٕ کیٚنٛہہ لُکَن سیٛٹھ
مران۔

# کتاب نامہ


| لیکھن وول | کتاب |
| --- | --- |
| پروفیسر محی الدین حاجنی | لُکہٕ رٕس |
| ٫٫ ٫٫ | دیوان وہاب |
| موتی لال ساقی | لُکہٕ بأتھ (پانژھ حِصہ) |
| پروفیسر شام لال سادھو | بیربل |
| M. Duverger | دی ایڈیا آف پالٹکس |
| Prof. Robert Dhal | Modern political Analysis |
| Sociology | Broom |
| شیخ عبداللہ | ستیش وشواناتھ |
| پریمناتھ بزاز | سٹرگل فار فریڈم ان کشمیر |
| حسن | تاریخ حسن |
| Eckstein & Apter. | Comparative polities |
| Lawrence | The valley of Kash-mir. |
| P.N.K. Bamzai | A History of Kash-mir. |

| | |
|---|---|
| American Politics & Govenment. (Essays) | Stephen K. Bailey |
| Folk tales from Kashmir. | پروفیسر شام لال سادھو |
| کشمیری شاعری اور زبان | عبدالاحد آزاد |
| کاشُر لکہ کتھ | ٹاک زینہ گیری |
| راج ترنگنی | کلہن پنڈت مرتبہ سٹائن |
| Kashmir. | Younghusband |
| Tales from Raftarangni | پروفیسر شام لال سادھو |
| Hindu History of Kashmir. | Wilson. |
| A History of Kashmir | جے، ایل، کول |
| کاشُر نثر | اوتار کرشن رہبر و غلام نبی خیال |
| چمن | ۹ جولائی تا ۱۶ جولائی ۷۳ء |


●



منظور فاضلی صاب چھ تحصیل پنڈ پورکس گامس منز زامتۍ۔ یم چھ پننس مالِس ہنز ڈایری مطابق اکوہمہ بیساکھ ۱۹۹۰ بکرمی مطابق ترییمہ مارچ ۱۹۳۳ تۆہۍ مکانس منز زامتۍ یتھ مورخ حسن کھویہامی ہرنہ کرِ دۆہہ بسان اوس۔ یہندۍ پرایمری تالیم پیٚیہ نادہ کوہل سکولس منز شروع۔ یس وُنی گیس ہائی سکول چھ بنیومت۔ پنڈ پورکس ہائی سکولس منز میٹرک کرنہ پتہ کور تمو ایس پی کالج سرینگرس منز ایف اے تہ امر سنگھ کالجہ پیٹھ بی اے کورکھ۔ علیگڈھ پیٹھ ایم اے علم سیاسیات کرنہ پتہ کورکھ محکمہ تالیمس منز بحیثیت ٹیچر تہ پرنسپال کام شروع۔ پنژ مارچ ۱۹۶۲ سنہ پیٹھ یم امر سنگھ کالجس منز بحیثیت لیکچرار متعین اوس تہ رودۍ یم ۱۹۶۶ سنہ پیٹھ ۱۹۷۱ سنہ تام ایس پی کالجس منز کام کران۔ دوہمہ جلے تا اکہمہ مئی ۱۹۷۳ سنہ رودۍ یم سوپور کالجس منز۔ یتہ پیٹھ یم ریسرچ کرنہ خاطر رخصتس پیٹھ گئے۔ وُنی کین چھ اوس موجوب یم شعبہ علم سیاسیات کشمیر یونیورسٹی سیتۍ وابستہ۔ مختلف ادبی کامہ تہ مضمون لیکھنہ علاوہ چھ وُنی تام یہندۍ دستہ یمہ کتابہ چھاپ سپزمژ:

(۱) سیاسی سنج پارہ زان (امہ کتابہ چھ کشیر کلچرل اکیڈیمی طرفہ یمن انعامہ تۆرمُت)

(۲) منور شاہ

(۳) لکہ سیاسہ

امہ علاوہ تہ چھے یمو کینہہ کتابہ مکمل کرمژ۔ یمہ عنقریب پرن والین برونہہ کُن ترادنہ ین۔ امہ علاوہ یہنز اشاعت چھنہ پی ایچ ڈی کہ تکمیلہ برونہہ ممکن۔ کاشرِ علاوہ چھ فاضلی صاب انگریزیس منز تہ لیکھان۔